# سروانند کول پریمی

(مونوگراف)

غلام نبی آتش

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

ناو : سروانند کول پریمی (مونوگراف)

تحقیق تہٕ ترتیب : غلام نبی آتش

ادارت : جاوید اقبال (ایڈیٹر)

ڈاکٹر گلزار احمد (اسسٹنٹ ایڈیٹر)

پبلی کیشن آفیسر : شازیہ بشیر

کمپیوٹر کمپوزنگ : عافیہ قاری

پروف ریڈنگ : ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

چھپن وری : ۲۰۱۸ء

قیمت : ۱۰۰/روپیہ

# ترتیب



☆☆☆

# عرضِ ناشر

یمو شاعرو، عالمو، ادیبو تہٕ فنکارو علمس، ادبس ثقافتس تہٕ فنس وُسجار دِتھ تہٕ معیار ہُرراوتھ باپتھ جان کٲم کرمٕژ آسہ، تِمن متعلق مونوگراف لیکھناوِتھ شایع کرناونک سون مۆلہِ مقصد چھ تِہُنز کامہِ ہُنز تہٕ شخصیژ زانکاری سہل زبانی منز عام پرن والیس تام واتنٕو۔ یوسہٕ مو خصر تہٕ آسہ تہٕ اہم تہٕ۔ مو خصر اوسہٕ زِ وون چھِنہٕ بجہ بجہ کتابہٕ پرنس سۆد۔ ب پرن والین فرصتھے۔ مونو گراف ہیکہ وق تہٕ بچاوِتھ تہٕ زانکاری تہٕ آیہٕ تھاوِتھ۔ کلچرل اکیڈیمی چھُ از برونہہ کینہہ وری اتھ کامہِ دس تلمت تہٕ یہٕ سِلسِلہ چھُ جاری۔ یہٕ کوشش درایہ پھرہٕ تہٕ اَتھ درایہ رٕتی نتیجہ۔ اِسہٕ سپز شادمانی تہٕ حوصلہ افزائی زِ اتھ سِلسِلس تحت یم مونوگراف شایع سپدی تِم آے پسند کرنہٕ تہٕ از چھُ بسیار نولیس شاعر، نثر نگار تہٕ ترجمہ کار سرانند کول پریمی لیس متعلق دردِس مونو گراف شایع سپدان۔

سرانند کول پریمی اوس شخصی راجس خلاف تحریکہ منز تہٕ شامل رُودمُت۔ سُہ اوس کرِ پھرِ جیل تہٕ ژنہٕ آمُت۔ آزادی پسند تہٕ ترقی پسند خیالات تھاون وول یہٕ کاشُر اوس شاعر تہٕ نثر نگار۔ اُمی چھِ کینہہ ترجمہ تہٕ

گرِٕ ہتۍ۔ عام پرٕن والین نام پریمی سٕندی حالاتن زندگی ہٕتہ ادبی کارنامہٕ تہٕ باقے زانکأری واتناونہٕ کہِ مقصدٕ یہِ مونوگراف شایع کرِتھ چھہِ أسی پننہٕ ذمہٕ دأری نکھہٕ والان۔ یہِ کأم آیہِ معروف ادیب، شأعر، محقق، فوک لورسٹ، ناقدٕ تہٕ ادبِ اطفال کِس مأہر غلام نبی آتش سٕندی دٔسی بعَمل۔

أسی چھہِ آتش صأبنٕ شکرٕ گزار ز صحت ناساز آسنہٕ باوجودتہِ واتنأوتھو سبٕتھا محنت کرِتھ کم وقتس منٛز یہِ کأم انٛد۔ مونوگراف چھاپ کرناونکین مختلف مرحلن سٟتۍ وابستہٕ کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد عملہٕ تہِ چھُ یتھ کامہِ انٛد بۆروٕنہٕ باپتھ شاباشی ہُنٛد مستحق۔

عزیز حاجنی

سیکریٹری

# ترتیب کارُسند عرض

سروانند کول پریمی اوس بسیار گو، بسیار نویس تہٕ زۄد گو شاعر۔ مژی
مژی اوس نثرتہِ لیکھان۔ اَکی وقتہٕ اوس پانژھ زبانہٕ زانان۔ سنسکرت
ورأے اوس کاشُر تہٕ اردو زبانہِ منز تہِ لیکھان تہٕ ہندی تہٕ انگریزی زبانہِ منز
تہِ۔ لۄکن تہٕ ادبی حلقن منز اوس معروف تہٕ تہٕ مقبول تہِ۔

ترٛۄ نزاہ وُہُن برٛأنی کتھ چھےٚ۔ بہٕ اوسُس دأہمہِ جمأژ ہُند طالبعلم۔
لبہ بہ وُنہے اوسُم لےٚکھراونک تہٕ تُک بندی کرنک شوق گنیومُت۔ ماسٹر
شوجی رینہ تہٕ تسنٛد فرزند ماسٹر رادھا کرشن رینہ أسم ہمسایہِ۔ دونوے أسی
مقأمی مڈل سکولس منز کام کران ماسٹر شوجی رینہ اوس ہیڈ ماسٹر۔ أمی اوس
سراوننٛد کولس پریمی صوف شالی کۄکرناگہ سکولس منزتہِ تہٕ گرِتہٕ پرنومُت۔
میون شوق وُچھتھ دِژنم سُفارشی چھٹھ لیکھتھ تہٕ سۄزِنس پریمی جی یس نش۔
پریمی جی ین کُرم قدر، کلامس دِژنم نظر اہ، اکھُتے ڈولنس قلم تہِ اَمہِ پتہٕ رۄد دأسہِ
برابر رأبطہِ۔ اکھُتے رۄد اکھ أکس نش ین گژھن تہٕ جأری۔ ازچھےٚ مےٚ
خوشی زِ مےٚ آو تِمس شخصس متعلق مونوگراف لیکھنُک موقعہ یمہِ مےٚ گوڈ گوڈٕ
قلمس تھپہ ہن کُرتہٕ حوصلہ ہُر روو۔

زانن والین چھ معلوٗم زِ مونوٗگراف چھ تعارفی نوعیتُک آسان۔

امیُک مقصد چھُ کانٛسہِ خاص شخصس تہٕ تَسنٛزِ کامہِ متعلق عموٗمی زان عام پَرن

والیٚن تام واتناوٕنۍ۔ اتھ چھےٚ صفن ہنٛز گرَنٛد گنٛڈِتھ آسان۔

سروانند کولؔ پریمی جی یَس متعلق چھُنہٕ از تام سانیٚو نقادو، محققوٕ تہٕ ادب

نوازو پرٛنہٕ پٲٹھۍ توجہ کوٗرمُت۔ تتھ ہیکن وجوہات آسِتھ مگر میانۍ کنۍ چھ اکھ

بوڈ وجہ تسنٛز تخلیقی کامہِ شایع۔ پتھ دستیاب نہٕ آسنۍ۔ تِمو یُتاہ سٲری ہیوٚ وٲنٛسہِ

شاعری، نثر، تہٕ ترجمہ کٲری ہندِس صورتس منٛز ادب لیوکھمُت چھُ، تمیُک قلیل

حصاہ چھُ شایع سپدمُت، یوہے آیہٕ نوٚ تا! سُہ تہِ چھُ نایاب۔ تسنٛد بسیار کلام تہٕ

نثر چھُ وُنِہ قلمی مسودن منٛز ے۔ کینٛہہ چھٲپی کتابہٕ آسہ مےٚ پننہ لایبریری منٛز،

یِمہ پریمی جی یَن گُنہِ گُنہِ ساتہٕ دِژِمژٕ آسہ۔ مگر یہِ مونوگراف ہیکہ ہے نہٕ تیار

گژھتھ تھےٚ اگر یہِ پریمی جی سنٛدی نرنٛد راجندر کولا پریمی تہٕ روند رکول روی،

قلمی مسودن ہنٛز پھٹہٕ آیتن تھاوِہن۔ امہ باپتھ چھُ تِہنٛد شکریہ کرُن لازم

بنان۔ مے پینِہ قلمی مسودن دوٚرشہ دِنۍ تہٕ یتھ مونوگرافس منٛز کینٛہہ نوۍ چیز

شامل کرِنۍ۔

یتھ مونوگرافس منٛز چھُ تدہ رکر، گُنہ حدس تام تحقیق تہٕ سرسری تجزیہٕ ستۍ

ستۍ پوٚکمُت تہٕ گٲھم پٲٹھۍ چھُ یہِ پریمی جی تہٕ تسنٛزِ کامہِ ہُنٛد پوٚر تعارُف۔ شایع

سپدیمژو کینٛژو کتابو، پمپھلیٹو تہٕ قلمی مسودٕ وعلاوٕ روٗد مےٚ پروفیسر رتن لال شانت

سُنٛد یہِ پریمی جیس متعلق لیوٚکھمُت مونوگراف یُس ساہتیہ اکیڈمی ۲۰۰۹ء منٛز

شایع کوٚرمُت چھُ تہٕ بروٚنہہ کنہٕ۔ امیُک کوٚرُم حسبِ ضروٗرت استفادٕ،
تیٚمہِ باپتھ چھس تہنٛد شکر گزار۔ مےٚ چھےٚ سروانند کولٕ پریمی سنٛزِ زندگی تہٕ
ادبی کامہِ ہنٛزٮ۪ن پہلوٕوٕ پٮ۪ٹھ پاسس تہٕ کوٗشش تمام پہلو کرنچ کوٗشش کرمٕژ
،وومید چھےٚ میانٮ۪ یہٕ کوشش یِیہِ پسند کرنہٕ۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس سیکریٹری ڈاکٹر عزیز حاجنی سُند چھُس
احسان منٛد زِ تِمو کٔرم یہِ مونوگراف لیکھنچ کأم تفویض۔ کأشرِ سیکشن کین
ذمہٕ دارن خاص پأٹھی جاوید اقبال ایڈیٹر کشمیری تہٕ اسسٹنٹ ایڈیٹر ڈاکٹر گلزار
احمد راتھر سُند، بیٚیہِ پبلیکیشن افسر تہٕ تہنٛدِ عملُک تہٕ چھُس شُکر گزار۔

غلام نبی آتش
نائل اننت ناگ

15.06.2018

# مٔنزلہِ پیٹھہٕ مٔنزِ لسان تام

## زوٗن تہٕ پرٛتھن:

صوف شالی (۱) چھُ مرازٕس منٛز برنگہٕ پرگنک اکھ پارستہٕ گام۔ بالہٕ کھونہِ منٛز قدرتی حُسنہٕ ستۍ مالا مال امہٕ گامہٕ پیٹھہٕ چھُنہٕ مشہوٗر سٲل گاہ کوکرناگ زیادٕ دوٗر۔ سنتھن کشتواڑ سڑکہِ ہنٛدِ دچھنہٕ پاسہٕ برٛونٛہہ نالس نکھے چھُ کوکرناگ تہٕ کھوٚور پاسہٕ صوف شالی۔ رواتھن تہٕ تواریخن تھزکرن منٛز چھ وَننہٕ آمُت زِ اتھ قدیم گامس أنٛدۍ پٔکھۍ بالن منٛز چھے شِشترٕ کانہٕ، یمن منٛز صافہٕ تہٕ نرم شِشترٕ چھُ:

"مُلکِ کشمیرس منٛز چھُ ژون جاین شِشترٕ نیران۔ اکھ کوٹھار پرگنہٕ کِس پُشر گامس منٛز تہٕ نونٛگ پرگنہٕ کِس صوف گامس منٛز سبٹھاہ صاف تہٕ نرم۔ بێیہ وٕہو پرگنہٕ کِس کھریوشار گامس منٛز مگر اوسط درجک۔ ندٕ ہیٚلہٕ پرگنہٕ کِس ہرون گامس منٛز دوٗدرٕ تہٕ خراب۔ بێیہ شاہ آباد پرگنہٕ کِس ژوہن گامس منٛز۔" (۲)

یوہے صوف شٲلی گام چھُ سروانند کول پریمی سٕنٛز زاجاے۔ أہنٛدبن

جدان اجدادن ہُند تعلق چھُ بٹہٕ گُنڈ کرٕ ینڈی گامس ستی ۔ مرازس منز چھُ وینچہ بیور کشیرِ ہُند کھنا ماوار قصبہٕ ۔ اتہٕ پیٹھہٕ میل تار چھُ کرٕ ینڈی گوم ۔ اتھ ستی ستی چھ بییہٕ زٕلوکٕٹ گام ، لرِبل تہٕ بٹہٕ گُنڈ ۔ اتی پیٹھہٕ چھُ اکھ ٹھیکہٕ در ، ششتر کان ٹھیکس پیٹھ رلنہٕ باپتھ صوف شالی آمُت ۔ یُس اُتی بسیومُت چھُ ۔ یہ چھُ سبٹھاہ پزون واقعہٕ ۔ اُمس شخصس اوس ناو رٕہ کول (۳) ۔ رٕہ کولہٕ نے زُریٕژ منز اوس پنڈت ٹھاکر کول ۔ اُمی اُسی وارِ وارِ ترٕ ے نیٚچو گرِی اتی ۔ ترٕ ہن آشنین اُسس کاہ اولاد زاہتی ۔ یمو منز دوٕیمہِ آشینہٕ ہنزِ ڈمبہٕ زٕ نرِ زندٕ اُسس ۔ یمو دوٕ یو منز اوس مہاتما گوپی ناتھ کول اکھ یُس تٕرہستی چلاونس ستی ستی دے گارنس ستی تہٕ آوُر روزان اوس ۔

مہاتما گوپی ناتھ کولس زاے پانژھ اولاد ، ترٕ ے لڑکہ تہٕ زٕ کورِ ۔ تہندِ یوٕیمہ وٕ ے اولادِ منز چھُ سروانند کول ، یم پتہٕ سروانند کول پریمی ناوٕ زاننہٕ مانہٕ آیہ ۔ پریمی جی زاے صوف شالی گامس منز دوٕیمہ نومبر ۱۹۲۴ء کیٚت اُکس بُڈس سرِ وٕ ین گرس منز ، ییتہٕ وٕ ہریاہ بأژ اُسی ۔ تتھ زمانس منز اوس کشیرِ منز Joint family systemلیاں زِ رلہٕ مِلہٕ پرِوارک انتظام ٹیس پیٹھ ۔ مہاتما گوپی ناتھ کول سُند گرٕ اوس وٕہریاہہٕ رنگہٕ ڈیکھی جل ۔ وٕہریاہ بأژ یکہٕ وٹہٕ ، زمین زراعت تہٕ گُتُل ، چوچیار وأ ے تہٕ جب تہٕ سبٹھاہ ۔ جان پأٹھی ہاکھ بتہٕ کھینہٕ وول گامی گرٕ ۔ تمہٕ منٕز تہٕ بٹہٕ نہٕ کینہہ ۔ گوپی ناتھ کول اوس تمہِ زمانُک میٹرک پاس ۔ کینژس کالس گرٕن مُدرِس ہنزِ حیثیتہٕ سرکاری ملازمت تمہٕ

ذاتی تہٕ گرٕکلی وجوٗد ہاتو۔ کنہٕ ترٛاوٕن نوکری تہٕ لوٗگ ڈُکانداری کرنہٕ۔ ہپاری
اوس پوٗزا یہٕ تہٕ تپسیایہٕ ستی تہٕ آوٗر روزان۔ سرواننٛد کول ووت الہٰ باد پانٛژہٕ وہر
تہٕ گییس موج یمہٕ عالمہٕ۔ یہٕ اوس تمن دونہٕ وٕنی مالی پوٗتھرن ہنٛدِ خاطرٕ اکھ
شدید گاٗیلہٕ، سرواننٛد گوو یتیم تہٕ گوٚڈٕ ناتھ کولس رووٕ پٔنٕن باژہٕ زنٛدگی ہنٛدِ سفرُک
ستی بوج تہٕ سپٔن پٔری ژھیوٚن۔ دوٚیم ییتھر کوٗرُن نہٕ۔ مشترکہٕ پرٕوارس منٛز
آیہٕ تمن مالی پوٗتھرن مُشکلات مگر تم وتراوِکھ پوٗرٕ استقلال تہٕ ہمتہٕ سان۔
سرواننٛد اوس سارِنے ٹوٹھ۔ تمس تہٕ تسٕنزن بینِن بٲین تھوو تہنٛزٕ پچھنہٕ اتھہٕ
پیٹھ۔ تم رٔچھن شفیق ماجہ ہنٛدی پاٹھی۔ سرواننٛد روٗٹن منکتہٕ۔ توتہٕ اوس گرمکہٕ
صورتِ حالُک تہٕ یتیمی ہُند سیدٕ سیوٚد اثر معصوم سرواننٛد ہِوس ترٛکھ تہٕ تبلنگ
شُرِس پیٹھ پیوٚن لاٗزمی تہٕ لابُدی۔ پتاجی اوُسس ژوٗر توجہ دِوان تاہم چھُنہٕ
مُشترکہٕ پرِوارن منٛز ژوٗر انٛفرادی توجہ پاتھان، بیٚیہٕ ییلہٕ گرِکس زِٹھس
سارِنے ہُنٛد خیال تھاوُن پیوان چھُ۔ سرواننٛد کول پریمی چھِ لیکھان:

"مےٚ چھےٚ مأج لوکٕٹہٕ ہےٚ ترٛاوِتھ گأمٕژ۔ امہِ کنہِ وُچھ نہٕ مےٚ پننہِ ماجہ
ہُندلول، پیار، ناٹھِدیار تہٕ رٕچھن تہٕ لوکچارٕس اندر۔ یوٚ دوٚے بہ ڈیکھی جل
گرٕس اندرٕ ے رچھنہٕ آس۔ تارایہٕ یوسہٕ مےٚ بڑ اتی پیچنیٚ اس، لأج مےٚ
مأج کیازِ بہ اوُسس تمس کُن منکتہٕ تھونہٕ آمٕت۔ بہ ییلہٕ قلمہٕ کڈُن تہٕ ڈیہمہِ
جماژ تام واتناوُنس اندرٕ رٕچھ تارایہ ہُنٛدُے دخل روٗدمُت۔ یوٚ دوٚے سو
پکہٕ وِتہٕ گرٕس اندر مےٚ لول بر ہے نہٕ، مألکھ لاگہِ ہے نہٕ بہ آسہٕ ہا اٹھمہِ جماژ

پتے ڈُنہٕ تہٕ کرِشنہٕ ہِنٛدی پاٹھی گاٗوگۆن رچھان تہٕ گرٕ پیتھِل کران۔ یہِ تہٕ اوس دَیہِ سُندٕ پرٕتھن۔" (۴)

## تعلیم تہٕ تربیت:

عام گاٗمی شُرٕ ہن ہنٛدی پاٹھی اوس سروانند کول تہٕ شُری لاز دورانے زمیندا ٗری تہٕ گرِ چہِ لوکچہِ لوکچہِ کامہِ کران۔ اکھ وقت آوسہ تہٕ ییلہِ تِمس تیٖر رچھِن پیٚیہ، تہنٛدے لیکھنہٕ مطابق (۵) رُکو و شفیق پچھنہٕ یہِ کار کرنہٕ نشِ۔ سروانند کولن پرٕ ابتدائی تعلیم مقاٗمی پرائمری سکوٗلس منز۔ گوڈنیُک استاد اوسُس پنُن پتاجی ڈگر گرے پرنس لیکھہِ نس گُن لوٗگ تمہٕ طالع اوسُس رُت سکوٗلس منز پاٹھیَیس رزٕ تعلیم۔ ماسٹر شوجی رینہ (۶) اوس لدہ پرائمری سکوٗلک ہیڈ ماسٹر۔ سُہ اوس پنہٕ زمانک ناودارتہٕ قاٗبل مُدرِس۔ ڈیرِ اوسُس مہاتما گوپی ناتھ کول ہِنٛدٕ گرِ۔ سروانند اوس خوش یوٗن شُر ماسٹرجیَس گوو سُہ سخ ٹوٹھ۔ لول تہٕ یوٗرنس تہٕ سکوٗلہِ طلابن پرنووُن گُرس منز تہٕ۔ پتہٕ اوس سُہ ماجہِ یتیم لہٰذا کوٗ نس زیادٕ ے ٹاٹھِیار۔ شُر اوس زہین تہٕ تہٕ شوقل تہٕ۔ پرائمری سکوٗلس منز پنٛژمہِ جماژہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ کوٗرن تہٕ کرناگہٕ مڈل سکوٗلس منز اٗٹھِمہِ جماژہُند امتحان تہٕ پاس۔ امہِ پتہٕ لجوو یہِ شُرٕ گرکامین گُن، یمن منز تیٖر تہٕ چارواٗ ے رچھنٕ تہٕ شاٗمل اوس۔ اماپوٚز شفیق پچھنہٕ شوٗش نہٕ تہٕ تہٕ سبٹھاہ کوٗشش کُرِتھ سوزنووُن انت ناگ یتہٕ سُہ مشن سکوٗلس منز داٗخل کرنووُکھ۔

صوفہٕ پیٹھہٕ چھُ اننت ناگ الہٕ پلہٕ شُراہ سداہ کلومیٹر دوٗر۔ یتھہٕ گرٛشہٕ نکی وسیلہٕ اُسی محدوٗد۔ لہٰذا تھووٗ کھ سروانند کول اُکس اُشناوٕسندِ گرٕ ڈیرس۔ تمہِ زمانہٕ میٹرک پاس کرُن اُس نہٕ گپھہٕ کتھ۔ میٹرک امتحان اوس لاہورس منٛز قائیم پنجاب یونیورسٹی ہٕندِ ذٔریعہٕ ہینہٕ یِوان۔ سروانند کولن کوٚر جان نمبرات پٔرٲوِتھ میٹرک امتحان پاس۔ اماپوٚز کہِ یاہ وجہِ یا تو کٔنی پیوس تعلیم حاصل کرنک سِلسِلہٕ اڈوٗتی ترٛاوُن۔

ملازمت:

میٹرک پاس کٔرِتھ کٔر سروانند کول ہوِی ہونہار نوجوانن کھدرِ بنڈار محکمس منٛز ملازمت اختیار۔ یہِ چھُ بھارت سرکارُک خوداختیاری ادارٕ۔ کول صأبس اٚیہ گوڈٕنیتھ پانٛژٕ ڈوٗٹی۔ امہِ پتہٕ آوٕسہ پنجاب سوزنہٕ۔ سُہ روٗدا تتہِ مختلف شہرن منٛز مثالے جالندھر، آدم پور، کوٚرو کھیتر، پانی پت تہٕ سُجان پور بیترِ۔ اکھتے کٔرن پنجاب سرکارٕکس صنعت محکمس منٛز تہِ نوکری۔ کٔشیرِ نبر روزنہٕ تہٕ پھیرنہٕ تھورنہٕ ستی گئے تٔمس نٔوی نٔوی تجُربہٕ۔ پننہِ شخصیتہٕ کس تعمیرس پیٹھ پییس مثبت اثرات۔ ووتھہٕ نس بیہنس، کتھہ باتھ کرنس تہٕ فیصلہٕ کرنس منٛز آیس خاص خوداعتمأدی۔ پانٛژِ أٹھہِ ؤہری ترٲوِتھ تٔمی کھدرِ بنڈارچ نوکری تہٕ کٔشیرِ یتھ سپُن تعلیمہِ ہٕندِس محکمس منٛز ٹیچر تعینات۔ سأری ہیے وأنسہِ پرنأوِن مختلف سکوٗلن منٛز سیٹھاہ ہمدردی تہٕ ژُکہِ سان ہتہٕ بٔدی طالبعلم۔ کول صأب

اوس اکھ کامیاب اُستاد۔ تعلیمہٕ ہنٛدِس محکمس منٛز مختلفِ عہدن پیٹھ کٲم کٔرِتھ گوٚو ۱۹۷۹ منٛز ہیڈ ماسٹر سنٛدِ عہدہٕ پیٹھہٕ باعزت سبکدوش۔

سروٚنند کول یمہٕ وٕزِ ہمہٕ جمی ناوٕ زانہٕ یوان اُسی لگو منٛز یہ تعلیم حاصل کرنہٕ۔ دأہمہٕ جماتہٕ تام اوسکھ اردو تہٕ انگریزی پوٚرمُت۔ کھدرِ بنٛڈارس منٛز نوکری یاتھنہٕ پتہٕ سُپد اکھ دلچسپ واقعہٕ۔ امہٕ محکمہٕ کین ملازمن ہٕنٛدِ باپتھ آو ہندی زانُن لازمی قرار دِنہٕ۔ یُس نہٕ ہیچھہٕ ہے یا یُس نہٕ زانان آسہٕ ہے تس اوس نوکری نِشِ اتھہٕ چھلُن۔ پریمی جی تہٕ اوس نہٕ ہندی زانان لہٰذا لوٚگ ہندی ہیچھہٕ نس گُن۔ ہیوٚچھن تہٕ تہٕ پربھاکر امتحان تہٕ کوٚرُکھ پاس۔ ملازمتس دورانے کوٚرُن بی۔ اے تہٕ بی۔ ایڈ تہٕ ہندی زبأنی تہٕ ادبس منٛز ایم۔ اے۔ تہٕ۔ یہ سوٗرے سُپد نہٕ یکدم بلکہٕ واریاہن وٕرِین سخت محنت کٔرِتھ پرأوٕ پریمی جیٖن یہ تھزٕ تعلیم۔ پریمی جیٖن چھہٕ لیوٚکھمُت:

"یمس نہٕ ہیندی پرُن لیکھن تگہٕ نے اوس سُے ہیوٚک وٕرِیہ وادو پتہٕ ہیندِ لِٹس اندر ماسٹرس ڈگری حاصل کٔرِتھ" (۷)

نہ صرف یہ زِ پریمی جیٖن کٔری واریاہ محکمانہٕ امتحان پاس تھزٕ تعلیمی ڈگریہ پرأوِکھ بلکہٕ تھووتھٕ علمی تہٕ ادبی کتابن ہُنٛد مطالعہٕ جأری۔ کوٗشش کٔرکھ ممکنہٕ علمی اثرن تام واتنچ، گیتا، رامائن، بھاگوت پوران حتا کہِ قرآن مجید تام پوٚرُکھ۔ غالب، شیخ محمد اقبالؒ، رابندر ناتھ ٹیگور، تُلسی داس، الگزانڈر پشکن تہٕ ہریاہ ادبی تھوٚنگین ہُنٛد مطالعہٕ کوٚرُکھ۔ یوٚہے چھہٕ وجہ زِ تمِ اُسی گنہٕ

تہٕ موضوٗعس متعلق اعتماد سان کتھ ہبکان کٔرِتھ۔

## خولہٕ خط تہٕ عادات:

پریمی جی اٰسی خوب صورت تہٕ خوب رومنٛش ۔ بدن اوسُکھ تنٛدرُست مگر متوازن۔ اٰلفِ ہیو متوسط قد۔ مُسُٹ ڈبکہٕ تہٕ اَسہٕ وُن بُتھ ۔ تھٔزنس تہٕ وٕچھ آبدار چشمہٕ ۔ اٰوِلی وُٹھ۔ گوٚن کرٛہُن بُمہٕ ڈوٚل ۔ کاوٕ پکھ ہیوٗ کرٛہُن مَس ۔ زاٰوِج تہٕ زیٛٹھ ہونگٕز، گیٚشوم رنگہٕ گول بُتھ ، یوٗ ہے اوٗس پریمی جیٚن خولہٕ خط۔ کھدرِ ہُنٛد کُرتہٕ قمیض تہٕ سبز رنگہٕ جاکیٹ لاٰگتھ اوس پکنہٕ وِزِ تیز پوٗنٛڈ ترِاوان۔ پھیکِس پیٹھ اوسُس کھدرِ تھیلہٕ ہن الونٛد آسان یتھ منٛز قلم، کاغذ تہٕ بیاض تھاوان اوٗس۔ پریمی جی اوس وُژھہٕ کتھہٕ کران۔ سُہ اوس بسیار گوتہٕ زوٗدگوتہٕ۔ یُس تہٕ سمکھِ ہَس ہٕنٛدِس یا وچھِ زاٰنِی کاریا ازاٰنِی یکدم اوٗس یا اختیارٕ تہٕ ناٹِھیارٕ سان تٔمس سیتی کتھ یاتھ شروٗع کران۔ وُنِن تہٕ بوزنُ اوسُس خاص عادت۔ ہمسایِن یارن دوستن، اٰشناون تہٕ شاگردن ہٕنٛدِس دوکھس سوکھس منٛز اوس شریکھ سپدان۔ شاگردن ہُنٛد تہٕ اوسُکھ خیال روزان تہٕ پننِن اُستادن ہُنٛد تہٕ۔ محسن استاد پنڈت شوجی رینہٕ ہس نٔش اٰسی اٰخری دمس تام اکِہ بیٚیہ پٔز نام کرنہٕ تہٕ اٰہی حاصل کٔرتہٕ واتان۔ پلو پوشاکھ لاگنس منٛز اٰسی پوٗرٕ احتیاط کران۔ اکثر اٰسی کھدرِ ہُنٛد کُرتہٕ قمیض لاگان تہٕ ڈوٗتی دوران اٰسی سوٗتھ بوٗٹ تہٕ لاگان۔ دوٚبِ دٔز او پلو لاگنک اوسُکھ شوق تہٕ پلوس

گۄڈ نہٕ کُنہِ جایہِ زٲڈ تہٕ پھُٹھ آسن۔ سٹھاہ صفٲیی پسند آسی۔ یوٗدوے فضول خرچ آسی نہٕ مگر کھینس چینس منز آسی نہٕ کنجوٗسی ورتاوان۔ سوٗمے آسی کھیوان مگر صاف، رُت، میوٗٹھ تہٕ مدُر۔ منگہِ وُنس آسی نہٕ اتھہِ چھونے واپس کڈان۔ (۸) سکوٗلس منز تہٕ ہمسایہِ گی منز آسٕہ غریب تہٕ یتیم شُر بن ہُند خاص خیال تھاوان۔ مندرن، استھاپنن تہٕ تیرتھن پیٹھ گژھن گیاو آسی تھے، مسلمان ریشن تہٕ وٗلین ہندین آستانن بلکہِ گُردوارن منز تہٕ آسی حاضری دِوان۔ غصہٕ آسی نہٕ کران، نرمی تہٕ نیزمی آسکھ۔

## آشروادتہٕ اٲہی:

سرادھنٕدکوٗلی پریمی یوٗدوے ماجہِ ہنزٕ غٲر موجوٗدگی منز پچھنہِ ہندِس سالیس تل پھیٚیہِ تہٕ پرتھیہِ مگر اُتھی وقس منز ہیچھ خاندٲنی اقدار۔ ناہم چھہِ تہندی گوڈنکی رہنما تہٕ رہبر مہاتما کوٗپی ناتھ کوٗل یاں زِ تہندی پتاجی اخلاقی اقدار تہٕ دھارمک ذوق وشوق سپُن تمن پتاجیس نشہِ حاصل:

"پتاجی اوس مے سبٹھاہ رچھان۔ لوٗلہٕ بران تہٕ ناٹھیار کران۔ توتہٕ یہ سہ کرُن یژھان اوس تہٕ ہیوٗکُن نہٕ گرِتھ۔ کیازِ سہ اوس گرِتن اندر زنانہِ روٗس۔ سہ اوس وونان زِ ییکوٹہٕ گرس اندر رچھہِ زنان آسان مردس نژ کیلہِ دربار۔ تیلہِ نہٕ وٗکیلہِ دربارے اوس تہٕ پتاجی یِنی بارہِ یاہ مشوٗرہ یار آسہِ ردگژھان۔ خٲر، یہ چھےٚ زِ ہیتھ باوتا۔ واریہوٗ کار نوکنی دوت پتاجیس تہٕ تہٕ مےٚ تہٕ وارہِ یاہ رنگی کشٹ۔

یُس بہٕ تہٕ تہٕ پِتا جی تہٕ ژھوپہٕ دم گرِتھ ژالان روٗدی ۔ بیا کھ کارن اوس زِ پِتا جی اوس گرس اندر دھرمس کرمس کُن لگتھ ۔ سُہ اوس اکھ تھوٗد مہاتما، تھود سادھو مانہٕ یوان ۔ مسلمان آسی تِمس تھوٗد درویش مانان ۔ سُہ اوس دھارمِک گرنتھ، گیتا، مہابھارت، رامائن بیترِ پُستک راتھ دوہہ پران تہٕ پاٹھ کران ۔ سُہ اوس اکھ سدھ پۄرُش ۔ گرِ مامنہٕ ہانس مہاتمائی، درویشی کینژھہ ۔ امہِ کِنہٕ اوس گرِ تِمس اندر روٗزتھ ژوٗک مۄ درژھوپہٕ دم گرِتھ ژالان ۔ اَمِس نِش آسی دوٗردوٗر پیٹھہٕ سادھو، مہاتما، درویش بیترِ یوان روزان ۔ پِتا جی نہٕ امہِ ماحولک پیٚومے سنبھالاشر ۔ بہٕ تہٕ روٗدُس اَتھی وتہٕ پِتا جیس پتہٕ پتہٕ پکان ۔ یوہے وہرِ اٹھوٗہہ آسہٕ ہا بہٕ تہٕ زٕژم پننہٕ نِس پِتا جی سنٛدی پادتہٕ بنووُم پنُن گرو ۔ گوردیو ۔ تِمی سنٛزے کٕرپاوِ یا، اتھہٕ روٹ، اَہی، لول، اَشرِ وادتہٕ پیار تہٕ مہربانی ستی بنیوس بہٕ کینژھہ تہٕ ووتُس یتھ مقامس" (۹)

پِتا جی سُنٛد آشر وادروٗد پریمی جیس ہمیشہٕ ستی ستی آشروادتہٕ اَہی دِنس منٛز چھُ تِسنٛدِس ژٕکی درتہٕ شفیق استاد شوٗ جی رینہ سُنٛدتہٕ حصہٕ تہٕ پنڈت نرنجن شاستری سُنٛدتہٕ ۔ یہٕ بارٕ مذہبی عالم اوس برنگس پہٕ گنہٕ کہِ ساگام علاقُک روزن وول ۔

پرِوار:

پریمی جی یُس سپدُ اَماجی ستی خاندر ۔ امہِ وِزِ آس پریمی جی سنٛز وٲنس ۲۴ ؤری ۔ امیُک مطلب گوٚ وتِمن آسی شے ستھ ؤری گمتی ملازمتس

منز۔ اماجی اُس ہانگل گُنڈ گامچ کوٗر۔ مول اوُسُس فارسٹر۔ ہانگل گُنڈ گام
چُھ مشہور دیہہ دوس سفت میرٕ کاکُن مسکن۔ پریمی جیَن تہٕ اماجی گنڈٕ اُر
خوشگوار ازدواجی زندگی۔ یمن زاے ستھ اولاد ترٛے لڑکہٕ تہٕ ژور کورِ۔ خوش
خوشحال پریوار اوسکھ۔ راجیندر کمار پریمی رویندر کمار روی تہٕ وریندر کمار چھ
اہندی اولاد نرینہ۔ وریندر کمار چھنہٕ وۄنی ییتھ دنیاہس منز راجیندر جی تہٕ
روِیندر روی، دۄنوے چھِ ماکۍ سٕنڈ ہن سنسکارن ہندی نمونہٕ۔ انسان دوس تہٕ
ادب نواز۔ روِیندر روی چھِ ادیب تہٕ شاعر آسنہٕ علاوٕ آل انڈیا ریڈیو نوِ دِلہ
ہندی سینیئر نیوز ریڈر۔ ساری چھِ پننہٕ پننہٕ جاے آباد تہٕ خوش حال مگر اُکۍ ناشک
تہٕ کشیر پتھٕ نیرنک تیوٗل للہٕ وان۔

## سیاسی تحریکہ منز شمولیت:

پریمی جی اُسی خیالاتو تہٕ عملی سرگرمیوٚ کنی پوٚختہ سیکیولر۔ مذہبی بنٕن اوس نہٕ
تِمو قبوٗلے کوٚرمُت۔ شخصی راجکو دوہہٕ اُسی تِمو وُچھتی۔ حق ہمسایَن ہندی
حالات اُسکھ نظرِ تل۔ دیَن اوسکھ کوٚمل دِلی عطا کوٚرمُت۔ بییِنٕ سُند دود دگ
اُسی ژرژان تہٕ تہٕ ژینان تہٕ۔ اوے یتھے شخصی راجس خلاف عوامی تہٕ سیاسی
تحریک شروٗع گٔے، پریمی جی روٗدی نہٕ تمہِ نِش الگ۔ تہند دردمند دِل آسُن
تہٕ پنُن وطن ٹوٹھ آسُن یوُدوے لۄہ۔ باپتھ خاص وجوہات آسن تاہم اوس بیاکھ
بوٚڈ وجہ سیاسی لیڈرن تہٕ ترقی پسند شخصیوٚن نِش تہند یُن گژھُن۔ طالبعلمی

ہِنٛدِ زمانہٕ پیٹھے پریمی جی قومی تہٕ مقامی تحریک آزادی ہُنٛدِس جدوجہدس منٛز شامِل ۱۹۴۷ ءتام گۆو پریمی جی شیٚیہ لٹہٕ جیل۔ انٛڈرگراونٛڈ رٲزِتھ تہٕ گٔرِکھ کٲم۔ کھادی بنٛڈار اوس نہٕ صرف اکھ محکمہٕ بلکہِ غٲر منافع بخش اکھ عوٲمی تحریک، یوسہٕ خود کفالتہٕ کہِ مقصدٕ چلاونہٕ یِوان ٲس۔ اتھ تحریکہِ ستی کٲم کرنس دوران بلکہِ تمہِ پتہٕ تہٕ رُوٗدٕ پریمی جی امہِ تحریکہِ ہنٛدبن لیڈرن تہٕ ہمدردن بعضے سمکھان (۱۰) یِمن منٛز مثالے مہاتما گانٛدھی، جواہر لال نہرو، مولانا ابوالکلام آزاد، علی محمد جناح، شیخ محمد عبداللہ، بخشی غلام محمد، اِندرا گانٛدھی تہٕ راجیو گانٛدھی بیترِ چھِ۔

### شعرگوئی: شوق تہٕ ابتدا:

پریمی جیس اوس شعرگوئی ہُنٛد شوق لوکہٕ چارس منٛزے گنیومُت۔ امہِ خاطرٕ سپدُکھ مناسِب ماحول تہِ دستیاب۔ اکھ اہم کتھ چھےٚ زِ پتاجی اوسکھ تعلیم یافتہٕ تہٕ مزید مطالعہٕ کرنُک شوق تہِ تھاوان۔ سُہ اوس دھارمِک کتابہٕ پران یِمن منٛز مہابھارت، رامایِن، بھاگوت پُران تہِ شامِل آسہٕ۔ بھگوت گیتا گیاو اُسی تھےٚ۔ گرس منٛز اوس کتھایہِ ونہٕ نُک اہتمام سپدان۔ دُورِ دُورِ پیٹھہٕ اُسی دھرم زانن والی، سادھو سنٛت تہٕ درویش اہنٛدِس پتاجیس نِش واتان۔ یہ اوس دھارمِک آسنہٕ علاوٕ علمی تہٕ ادبی ماحول۔ دوٚیم یہ زِ پریمی جی اُسی لوکہٕ چارٕ پیٹھے حساس۔ ماجہِ یتیم تہٕ آسی تہٕ مُشکلات تہِ آسِکھ وتر اُونی

پیوان۔ ہپاری اوسس گامک ماری موند ماحول تہٕ لےٚ گنگر اونس کنُ دعوت دِوان۔ گیوٚن محفلہٕ آسہٕ لگان، کھہن تہٕ ڈور بن ڈارن منز آس لگہٕ باتن ہنز گریٚو آسان۔ جب رچھن والٕی تہٕ آسی مُدر ہٹہٕ زیچھِ لیہٕ باتھاہ ونتھِ جبس پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ ون کھسن واجینہٕ آسہٕ نیری باتھ ووکھناوان۔ امی رومان انگیز تہٕ پُر امن ماحولن پھُٹرِ پریمی جیس شری لاز دورلنیے پانس کُن توجہ۔ میٹرک پاس کرِتھ ییلہٕ تم کھدرِ بنڈارس منز ملازمت کرنہٕ لگی تہندی سماجی تعلقات گےٚ ہُران ادبی تہٕ علمی شوق تہٕ شعور تھاون والین لوکن ستی گیکھ زان پچھان۔ شعر گنگر اونہٕ کس شوقس لوگھ یہٕ ڈٕلی زِتہٕ کھولوتہٕ لگی باضابطہٕ پاٹھی شعر گوئی کرنہٕ۔ تہندس اکس غار مطبوعہٕ مضمونس منز یُس تمو پیرزادہ غلام احمد مہجورس متعلق لیوٚ کھمُت چھُ تہٕ تہندِ بن پتھ کُن بچیمتین کاغذن منز موجود چھُ منز چھُ تمو لیوٚ کھمُت زِ مےٚ چھُ گوڑنیک غزل ۱۹۴۴ء منز لیوٚ کھمُت یُس مہجور صابس نش واتنوومُت: تاہم چھُ اشاروٚ ژی پاسان زِ پریمی جی ین آسہٕ ہامہٕ ؤبہ برونہے گوٚں گاں کرُن ہیوتمت ییلہٕ باسیوکھ زِ کلامس ہیوٚتُن سیز رہیوٚ گرُھُن تہٕ سوٚز کھ مہجور صابس نش اکھ غزل:

"غلام احمد مہجور چھُ میون اُستاد روٗدمُت اگست گنو شبتھ ژوپتاہ جھکی دوہہ آسی ییلہٕ بہ کھادی بھنڈارکہٕ پلوامہٕ کہٕ سنٹرک مینجر اوسس تہٕ مےٚ ستی اوس میون دوس شری ارجن دیو دُوداتہٕ کام کران۔ مےٚ آس شاعری ہندِس کھشری پاجاس زنگ ہیوٚ منز ژ ھنہٕ تہٕ اکھ گوڈنیچ غزل۔

کیا سنا درشن سُہ ییہ نا بوٗزنا میانٮ۪ زأری یِے

داغ ہاوس سینہٕ کی بوٗد آنٛۃ باوس سأری یِے

مہجوٗر صأبس نش دُتّی کرنہٕ باپتھ پوٗنٛہر کُہ کونگہٕ وُڈرو پیٹھہٕ سوٗزمٕژ۔" (۱۱)
امہِ وِزِ آسس پریمی جی ہنٛز وأنٛس وُہ وٕری ۔ یہ تہٕ چُھ وننہٕ آمُت زِ سروانند جی
آسی گوڑٕ گوڑٕ "کولا" **Kaula** تخلص تھاوان۔ مگر مہجوٗرن دوٗپُس ۔ پریمی تہٕ
برٛونٛہہ کُن ورتووُکھ یوہے تخلص (۱۲) اما پوٗز اتھ سِلسِلس منٛز چھےٚ اکھ کتھ توجہ
طلب ۔ مہجوٗرس سۭتی کوٚرمُت گوڈنیُک ملاقات ۱۹۴۴ء منٛز تمہِ ساتہٕ ییلہِ ملاقاتہٕ
برونٛٹھے پتُن مذکوٗرہ غزل تمن نش سوٗزمُت اوسُن تہٕ اتھ غزلس سۭتی اکھ چِٹھہِ
ہن تہِ ۔ چِٹھہِ چھُ ۲۴ اگست ۱۹۴۲ء تاریخ دِتھ ۔ تہٕ آخرس پیٹھ چھُس لیکھتھ "
سروانند کول ۔ ملازم کھدر بھنڈار پانپور کشمیر"۔ امیُک مطلب گوو چِٹھہِ منٛز چھُنہٕ
"پریمی" لفظ کُنی جایہ۔ مگر یُس غزل اتھ چِٹھہِ سۭتی مہجوٗر صأبس نش سوزنہٕ
آمُت چھُ تتھ چھُ مقطعس منٛز "پریمی" تخلص دِتھ ۔ (۱۳) امہِ پتہٕ تھوو پریمی
جیَن شعر گوئی ہُنٛد سِلسلہٕ جأری ۔

### ادبی سرگرمیہِ :

وارٕ وارٕ سپدٕ پریمی جی مختلف ادبی سرگرمین منٛز شأمل ۔ شأعرن تہٕ
ادیبن سۭتی تعلقات بناونٕی تہٕ مختلف ادبی تنظیمن ہنٛز رُکنیت برٕ آوِتھ ادب تہٕ
زبانہِ خأطرٕ کأم کرنٕی بنیوو تہنٛد معموٗل ۔ تِم سمکھی وقتہٕ کیٚن وایہن ناو دار ادیبن

تہٕ ادب شناس تہٕ ادیب نوازن ۔ مطالعہٕ تھووٗکھ جاری ۔ مشاعرن منٛز اُسی
ہتھے شامل سپدان ۔ کشیرِ منٛز اوس ۱۹۴۷ءَ کیٛو سیاسی حالاتو ہٕندِ نتیجہٕ دٮ۪تھ ترقی
پسندی ہنٛز نہج تھاوان والیٚو شاعرو تہٕ لِکھاریو "کلچرل محاذ" بنووُمت ۔ اتھ آو
پتہٕ "کلچرل کانگریس" ناو تھاونہٕ ۔ امی ادبی تنظیمن کوٚر ۱۹۴۹ءَ منٛز "کونگہٕ پوش"
رسالہٕ شایع ۔ غلام احمد مہجور، مرزا غلام حسن بیگ عارف، دینا ناتھ نادم تہٕ
سومناتھ زتشی اُسی امہِ کِس ادارتی بوڑس منٛز ۔ یمو تنظیمو کٔر نہٕ صرف ترقی
پسندی ہُنٛد منشور عام کرنہٕ باپتھ کام بلکہِ واتنووُکھ کاشرِس ادبس تہٕ وارِیاہ
فایدٕ ۔ پریمی جی اُسی یمن تنظیمن ہٕندِن اجلاسن منٛز تہٕ شامل سپدان ۔
غریبن ہنٛز ہمدردی تہٕ ژکداری ہنٛد جذبہٕ اوسُکھ گوڑے دِلس تہٕ زہنس منٛز
جاے کٔرتھ تہٕ یمن تنظیمن ہٕندِن اجلاسن منٛز شریک سپدِتھ ترقی پسند شاعرن
ہُنٛد کلام بوٗزتھ گوٚو تس اتھ جذبس زیادے ہُربرتہٕ دربر :۔

"پریمی اوس پتہٕ تہذیبی تہٕ ادبی جلسن منٛز گوڈٕ انوادٕ لتان ۔ یہٕ خوش
مزاجہ شاعر زانن بہٕ ۱۹۴۹ء پتہٕ ...... ڈاکٹر یار بالاہس منٛز چھِ اُسی
دوشوے قریب اَکِس رتھس ڈیرس روزان تہٕ ۔ ۱۹۵۲ء آسہِ ہے ......
آزادی ہنٛز لرایہٕ منٛز اوس سُہ پیش پیش" (۱۴)

کلچرل محاذ تہٕ کلچرل کانگریس علاوٕ روزِ پریمی تمی ویاہ مقامی ادبی
تنظیمن ستی تہٕ وابستہ یمن منٛز بزم انت ناگ، بزم نگ، بزم ادب تہٕ ناگہ راد
بزم ادب خاص چھِ ۔ بزم ادب انت ناگس ستی اُسی تمہِ زمانہٕ سبطھاہ ناودار

شاعرتہٕ ادیب وابستہٕ۔ اکھتٕ درایوو امہِ ادبی تنظیمہِ ہُنٛد "ناگہٕ راد" ناوٕ اکھ معیاری رسالہٕ تہِ، ینٛمہٕ سٕہ گیوو اکٕے شمارٕ نیٖرتھ بنٛد۔ پریمی جی اُسی یمن تنظیمن ہنٛدِ اہتمامہٕ اکثر منعقد سپدن والین مشاعرن منٛز گریزان۔ جشن کشمیر کیمن جلسن منٛز اُسی جوش تہٕ جذبہٕ سان حِصہٕ نوان۔ یتھہٕ پأٹھی گٔری تمو شعر گوٗئی خأطرٕ نوٚو تجربہٕ حأصل۔ پنٕنہِ علاقٕہ نیبر وأژتھٕ نا ماوأری۔ تعلیمہِ ہنٛدِس محکمس منٛز مُدرِس ہنٛدِ حیثیتہٕ ملازمت پأتھنہٕ بروٚنٛہہ گٔر تمو کیٛنژن پرائیوٹ سکوٗلن منٛز تہِ درس و تدریسُچ کأم۔ یمن منٛز انت ناگُک نصرت الاسلام ہائی سکول تہٕ انت ناگہٕ بل سکوٗل خاص اہمیت تھاوان چھہِ۔ تمن اُس بقولِ راجندر پریمی میر واعظ جنوبی کشمیر قاضی نثار احمدٕ سٕنہِ ادارہ تحقیقاتِ اسلامی ہنٛز اعزأزی ممبرشپ تہِ دِنہٕ آمٕژ تہٕ الکھ انجمن ادبی ٹرسٹ سری نگرس سٟتی تہِ اُسی وابستہٕ۔

## تصانیف:

سروانند کول پریمی آسی پانژھ زبانہٕ زانان۔ کأشرٕ آسکھ ماجہِ زبو تہٕ اردو، ہندی تہٕ انگریزی آسکھ اکتسأبی زبانہٕ۔ تم اُسی ژورن زبانن منٛز لیکھان اکھتٕ اوسکھ کنہِ حدس تام سنسکرت پرٕن تہِ ہیوٚچھمُت۔ سارٕوے کھوتہٕ ژوٗر توجہ چھکھ شعر گوٗئی کُن کوٚرمُت۔ نثرتہِ اُسی لیکھان ینٛمہٕ ووٚزِ تھے۔ تہنٛدی تصانیف ژھارن گارن وألس چھُ کیٛنژن کتھن پیٹھ حیرت گژھان۔ اکھ یہٕ زِ یہِ کیٛنژھا لیوٚکھکھ تہِ شایع کرنس کُن چھکھنہٕ پزنہٕ پأٹھی توجہ

کوٚرمُت۔ یہِ کینژھا شایع کوٚرمُت چھکھ نہ چھُنہٕ رٕژھرنہٕ آمُت بلکہ چھُنہٕ تہٕ سوُرُے نثرٕ تہٕ کلامن نِش تہٕ موٚجوٗد۔ کاش ہاوٕڑ دار شعرٕ سوٚمبرناوٕ آسہٕ ہکھ حیاتی منزٕ شایع کرِتھ یا تہنٛدِ سورگہٕ واس سپدنہٕ پتہٕ آسہٕ ہا تہنٛدِ کلامُک کلیات شایع کرنہٕ آمُت! نیلہٕ نہٕ تہنٛد کلام یکجا دستیاب چھُ تہٕ مول ٹُل کتھہٕ ہیکیٚس کرنہٕ یتھ! دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ زِ کشیر منزٕ یم وقتہٕ وقتہٕ کأشرِ رِسالہٕ شایع سپدان آسِ تہٕ تِمو منزٕ دۄنہِ تہِ کینٛہہ شایع سپدان چھِ مثالے کلچرل اکاڈمی ہُنٛد سون ادب تہٕ شیرازٕ امین کأمل سُنٛد نیب، غلام رسول سنتوش ہُنٛد کأشر ادب غلام رسول حسرت گڈہ سُنٛد فنکار بیترِ، یِمن منزٕ خبر کیا زِ چھُنہٕ پریمی جیٚن کانٛہہ چیز نظرِ گژھان۔ شیرازٕ کِین ورجن وادشُمارن پھٔیر دِوان تہٕ ورٲنۍ کرمدأنی کران لوٚب مےٚ اکھ غزل تہٕ اکھ مضموٗن (۱۵)۔ زوٗ پیٚیہ چھےٚ نہٕ پریمی جی یتھہٕ پأٹھۍ وِیود یتھہٕ پأٹھۍ یہِ آمُن گوٚڈھہ یا یتھہٕ پأٹھۍ تہنٛدی اکثر ہم عصر ونٛدی چھکھ۔ کلام نایأبی چھےٚ اتھ بوٚڈ وجہ حالانکہ پریمی جی آسہٕ بسیار نوٗلیس تہٕ تہٕ زٕو دٕنوٗلیس تہِ۔ شأعرتہٕ تہٕ نثر نگارتہٕ، ترجمہٕ کارتہٕ تہٕ افسانہٕ نِگارتہِ۔ تہنٛد بن تصنیفن ہُنٛد تعداد چھُ واریاہ زیادٕ تہنٛد اکثر چھِ تہنٛزٕ بیوٚن بیوٚن نظمہٕ تہٕ الگ الگ کتابہ ماننہٕ آمژ۔ یُس محض مغالطہٕ چھُ۔ لوکہٕ ٹِمن پمپھلیٹن تہِ چھُ کتابہٕ وننہٕ آمُت، امہِ ستۍ چھُ حتمی فہرستیس فی پیوان۔ ہُپأری چھِ اکثر تصانیف شایع سپدٕنۍ۔ تہنٛدِ کلامُک کلیات گژھہِ یوٚت پلہٕ تیوٚت جلد ترتیب دِتھ شایع سپدُن۔ نثرٕچ سوٚمبرن تہِ گژھہِ شایع کرنہٕ یِنۍ۔ تہنٛدی

فرزند یودوے امہِ کامہِ ہنٛزِ کوششہِ منٛز لگتھ چھِ گژھان اتھ منٛز سُست رفتاری ورتاونہٕ یتھ چھُ پریمی جی نِس ادبی قدوماتس تہٕ شوٗہرتس ودار واتنک اندیشہِ۔ أکِس زمانس منٛز اوس پریمی جی سُند بأتھ

نوبہار آو وطنہٕ کے یارو

نیٚنٛدِ کرنے ہیرو کاشتکارو

آنگنن، کوچن، کھلن کھہن، سکوٗلن تہٕ گرن منٛز گرزان۔ یہِ اوس ۱۹۵۳ء پتہٕ کتھ تام کأشرِ نصأبی کتابہٕ منٛز تہٕ شأمِل تہٕ از چھُ نہٕ کُنہٕ دستیاب۔ سبٹھاہ کوشش کٔرِتھ چھنہٕ تمہِ زمانک یہِ مقبولِ عام بأتھ وٕن کُنہٕ تہٕ جایہِ بدس یوان تہٕ نہ چھِ پریمی جی نین پتھ کُن بچیمتین کاغذن منٛز موجوٗد۔ تہنٛدِس فرزند راجندر پریمی سُند وُنُن چھُ زِ پریمی جی ین آسی کینٛہہ کأشرۍ افسانہٕ تہٕ ڈرامہ تہٕ لیکھمتۍ۔ افسانن ہنٛدۍ عنوان آسی: نئے پوٗتر، ہلو، ناتھ، اکھ روپے بیترِ۔ تمن تہٕ چھِ شاید شایع گژھہ نئے۔ کُلہم پأٹھۍ چھِ پریمی جی نین تخلیقن تصانیفن تہٕ ترجمن ہنٛز تعدادِ زدرجن علاوٕ ونہٕ آہِس (۱۷) بامے تم کتابہٕ چھِ شایع سپدیمٕژ یا لوٕکٹۍ پمپلیٹ چھِ یا مسودن ہنٛدِس صورتس منٛز کینٛہہ لیکھ تہٕ کینٛہہ نظمہٕ چھِ۔ یمن سارِنے متعلق کرَو انشا اللہ بہٕ وٕنہہ کُن تھ موٗنوگرافس منٛز کتھ۔

## وفات:

سیأسی، سمأجی تہٕ ادبی مأدانن منٛز تھیکنی لایق کأم انجام دِتھ ووت

سروانند کول پریمی سنٛز زندگی ہُند سفر تمہٕ ساتہٕ اَند ییلہِ ۲۹ اپریل ۱۹۹۰ ءکہِ شبہٕ بندوقی بردارو تم تہٕ تہُنٛد منز یم فرزند ویندر کول جبراً گرٕ کڈی تہٕ اول مئی ۱۹۹۰ سنٛز تمن مالٕکی پوتھرن ہنٛز لاشہِ برآمد۔ یہِ اوس کشیر اندر سیاسی تہٕ سماجی سوتھرِس پیٹھ نہ ورزُن واو، مگر پیٹھ گنہٕ چیزس المناک واوٕر دمُت۔ کاشرِ بن گے واوٕ ڈوٗنی تہٕ کاونہِ گوجہِ۔ دار یاہ کاشرٕ گلو، دار یاہ ژٔلی تہٕ اکثر چھِ دُنہِ تہٕ ورزٕ نہ واوچہِ وکٕھلی کرایہِ ژالان۔ اتھ ورزنس واوس منز آیہِ تمام فرقن ہنٛدی لوکھ ہینہٕ۔ پریمی جی تہٕ ویندر کول ہنٛدِ قتلٕچ خبر پھٕہلیہِ اگرٕ نگر۔ لیڈرو دِتی تعزیتی بیان، اخبارو لیکھی کالم، الکٹرک میڈیا پیٹھہٕ گے خبرٕ نشر کرنہٕ۔ یُس گوٚ وسہٕ ماچھٕ پھیرِتھ یوان۔ (۱۸)۔

## اعزازات:

ادبی، ساسی تہٕ سماجی کامین ہُندِ اعتراف رٔنگی آو سروانند کول پریمی یس ۱۹۹۷ ءَ منز جموں و کشمیر سرکارٕ طرفہٕ بعدازمرگ گولڈ میڈل دِنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھ تمن شری بھٹ پُرسکار تہٕ شاردا پُرسکار تہٕ دِنہٕ آمٕتی۔

☆☆☆

## حاشیہِ تہٕ حوالہٕ:

(۱): پروفیسر رتن لال شانت چھ صوف شالی گامس متعلق لیکھان زِ......صوف چھُ کأشرِ بن عام گامن ہنٛدی پأٹھی کُنہِ نتہٕ کُنہِ رٔنگی روٗحانی بزرگن تہٕ سیّد صأبن ہندِ بن استانن تہٕ تواریخی مندرن تہٕ تیرتھن ہُند مسکن۔ اتھ گامس چھُ ناوٕ امہِ کِس تواریخی آسنس کُن اِشارٕ کران۔ قدیم سنسکرت ناوس پت شالیشور چھُ بگران بدلان صوف شالی بنیومُت۔ وۄنی چھُ اتھ ناوس املاتہٕ بدلیومُت تہٕ اتھ چھِ صوف لیکھان۔ یہِ چھُ بگوان شنکر سُند آکھ ناو ییٚمیُک مطلب "داں ڈوٗر بن منٛز ڈاپھ ترأوِتھ شنکر" چھُ"۔ (سروانند کول پریمی مرتب: پروفیسر شانت۔ ۲۰۰۹ء ص: ۷)

(۲): فارسی عبارت چھےٚ یہِ:

درمُلکِ کشمیر از چہار جا حد یدمی برآید۔ یکے درقریۂ پشر پرگنہ کوٹھار: صوف پرگنہ برنگ۔ نہایت صاف و ملائیم۔ دوم در موضع کہریہ شار پرگنہ وہی بدرجہ اوسط، سوم درموضع ہروت پرگنہ زینہ گیر، بشور و خراب چہارم در موضع ژ:بمن پرگنہ شاہ آباد'

(تاریخ حسن فارسی: جلد اول۔ ص: ۱۰۶۔ وٗری ۱۹۵۴ء)

(۳) میرے آباؤ اجداد بٹہ گُنڈ بجبہاڈہ کے تھے۔ میرے پرداداکی سو برس پہلے صوف شالی میں آباد ہوئے تھے" (شریمد بھگوت گیتا۔ اردو ترجمہ: سروانند کول پریمی: چھاپ: ۲۰۰۹ء ص: ۲۲۔ رٕدٕ کولن ناو چھُ زبأنی روایتہٕ مطابق دِنہٕ آمُت۔

(۴): کوشُر رامایَن: ترجمہٕ کار: سروانند کول پریمی۔ شایع سپدنک وٗری: ۲۰۰۱۲ء ص: ۹۔

(۵): کوشُر رامایَن: ترجمہٕ کار: سروانند کول پریمی: ۲۰۱۲ء۔ ص: ۹

(٦): ماسٹر شوجی رینہٕ اُسۍ نابِل انت ناگہ روزان۔ پٔنٕنہِ ؤقتکۍ ماہر تعلیم تہٕ زانٕنہٕ مانٕنہٕ ینہٕ وٲلۍ حکیم اُسۍ۔ سبٹھاہ مطالعہٕ اوسکھ۔ تعلیم عام کرنچ آسٕ زبرٕ کوشش کران۔ نوم حرف لیکھن وٲلِس تہٕ چھُ اہنز شاگردی ہُند شرف حاصِل۔ اقبالیاتکۍ اُسۍ ماہرِ۔ ناٲنلہِ پٔتھہٕ آنٕہ پرٕتھ ژندٕ روارِ صُبحاے گرِس پٔتھ صوف گوھان تہٕ پرٕتھ بٹہٕ وارِ اُسۍ گرِس پٔتھ گرٕ یوان۔ ڈہمہ صدی عیسوی ہِنٛدِ دٲہمہِ آخری دٲہلہِ ہِنٛدِس گوڑ کالس منز گٔے تِم جنٛمہِ سورگواس۔ تہنٛدی فرزند رادھا کرشن رینہ تہٕ اُسۍ کامیاب اُستاد ۔نوم حرف لیکھن وٲلۍ چھُ تِمن نِش پورمُت، پتہٕ اُسم سکولس منٛدر کارٕ باجِ تہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ ہیڈ ماسٹر تہٕ۔ تِم چھِ ازکل ریٹائر جنٛمہِ روزان۔ حاصِل کلام چھُ پِزِ پنڈت شوجی رینہ سُنٛد سورے خاندان اوس تعلیم عام کرنچہِ کوششہِ منز رٕ۔ وٕنہہ۔ سروانند کول پریمی اُسۍ آخری دَمس تام ماسٹر شوجی رینہ صابس نمسکار کرنہِ تہٕ تہنز اُہی پرولہِ منزی منزی یوان۔

(٧): کوشُر رامایَن: ترجمہٕ کار: سروانند کول پریمی ؤری:۲۰۱۲۔ص:۱۰

(٨): نوم حرف لیکھن وٲلِس چھُ یِمن کتھن ہُند از خود مشاہد تِکیاز پریمی جیس ستۍ اُسۍ مےٚ یِژ کالس تام رِتی تہٕ نزدیکی تعلقات۔ اکھ اُکس نِش اوس ہِنٛ گوھُن تہٕ رٕودمُت۔

(٩): کوشُر رامایَن: ترجمہٕ کار: سروانند کول پریمی: ؤری ۲۰۱۲ء ۔ص:٩۔١٠۔

(١٠): پٲں ژادر (شعرٕ مجموعہٕ): سروانند کول پریمی: ؤری ۱۹۸۲ء۔ص:۴

(١١): غاٛر مطبوعہٕ مقالہٕ "مہجورتہٕ کاشُرزبان" ممِلوٗکہ: راجیٖنہ پریمی تہٕ روینٛدررٛوی۔

(١٢): سروانند کول پریمی (مونوگراپھ): ترتیب کار: پروفیسر رتن لال شانت : ساہیتہ

اکاڈمی۔ ڈری: ۲۰۰۹ء۔ ص۔ ۱۵۔

(۱۳): غاٗر مطبوٗعہٕ چِٹھی بنامِ مجہوٗر۔ مملوٗکہ: راجیندر پریمی تہٕ رویندر روی۔ یِیمہٕ غزلک زِکر کرنہٕ آوُمُت چھُ، اُدریاہ کاٗلی بیٚیہٕ تہٕ شیرِ پاٗرِ گرٛتھ پریمی جیٚن ''پاں ژادر'' شعرِ مجموٗعس منٛز شاٗمل کوٗرمُت۔

(۱۴): ارجن دیو مجہوٗر: مضموٗن: پریمی جی یُس امر چھُ: مطبوٗعہ: کاشُر سماچار: ص: ۱۰۔ بہٕ حوالہٕ پروفیسر رتن لال شانت۔

(۱۵): ژٕ گوودیش تہٕ خدمت بیترِ اخبارن منٛز آسہٕ پریمی سٕندی لیکھ تہٕ نظم گنہٕ گنہٕ ساتہٕ چھپان۔

(۱۶): اتھ مضموٗنس چھُ ناو ''میوٗن مجہوٗر'': یہ چھُ شیرازٕ مجہوٗر نمبرس منٛز شایع سپدُمت۔ یہ خصوٗصی نمبر چھُ ستمبر۔ دسمبر ۱۹۸۷ء منٛز شایع سپدُمت۔

(۱۷): یہ تعداد چھُ تمو فہرستو مطابق یِم پریمی سٕنزن مطبوٗعہٕ کتابن منٛز مل ورقن پیٹھ دِنہٕ آمتٕ چھ۔

(۱۸): پریمی جی نِس سور گواس سپدنس متعلق تفصیل چھُ ساہتیہ اکاڈمی ہِندِ طرفہٕ پریمی جیس متعلق شایع کرنہٕ آمتس مونوگرافس منٛز درج: ص: ۲۰۔ ۲۲ تحریر پروفیسر رتن لال شانت۔

☆☆☆

# پیرزادہ غلام احمد مہجورس

## تہٕ

## دیناناتھ نادمس سٟتؠ تعلقات

شعر گوئی شروع کرنہٕ پتہٕ گٲری سروانند کولؠ پریمی جیٛن شاعرِ کشمیر پیر زادہ غلام احمد مہجورس سٟتؠ تُعلقات قٲیم۔ مہجوٗرُن شوہر اوس شہر و گام، تسٕندؠ بأتھ أسؠ اگرٕ تلفظ کریٛان۔ تسنٕز حبُ وطن واجیٛنؠ شأعرن آس شخصی راجس خلاف چلاونہٕ یِنہٕ واجیٛنہِ تحریکہ نکھہٕ ڈکھہٕ بلکہ تحریکہ ہندٕ بن کارکُنن منٛز جوش تہٕ جذبہٕ ہُررُوان۔ پریمی تہِ اوس ترقی پسندی ہند خیال تھاوان، سُہ تہِ اوس شخصی راجس خلاف تحریکہِ نکھہٕ۔ پریمی جی اوس بٲپٔتھؠ کھادی بنڈارس منٛز ملأزِم تہٕ اتی پٮ۪ٹھہٕ گرٕتمو مہجوٗر صأبس سٟتؠ تعلق بناونچ کوٗشش۔ تٕہنٛد بن پٕنٛجھ گُن بٕچیمٕتمن کاغذن منٛز چھےٚ اکھ چِٹھؠ یُس پریمی جیٛن ۲۴ اگست ۱۹۴۴ء گُیت مہجوٗر صأبنہٕ ناوٕ لیچھمٕژ چھےٚ (۱)۔ اتھ منٛز چھُ مہجوٗر صأبس التماس کرنہٕ آمُت کلامس درستی کرنہٕ تہٕ ہدایات تہٕ مشورٕ دِنہٕ باپتھ۔ یہِ چھےٚ پریمی سٕنٛز مہجوٗرنہِ ناوٕ گوڈنٛچ چِٹھؠ، اکھُتؠ چھُ درٕتؠ کرناونہٕ کہِ غرضہٕ أتھؠ چِٹھہِ سٟتؠ پریمی جیٛن اکھ غزل تہٕ تھٲو کوٗرمُت۔ خوش قسمتی کنٛز چھےٚ مہجوٗر صأبن اتھ غزلس دُرستی تہِ

کرِ مژ۔ یوٚ ہے غزل چھُ پتہٕ دارِ یاہ ژٕہ کیٚتھ کرِتھ سروانند کول پریمی سِنٛدِس "پاں ژادر" شعر مجموٗعس منٛز شامل آمُت کرنہٕ۔ پریمی جین اُس مہجورس یِہ گوڈنیچ چِٹھی اردو زبانی منٛز لیکھِتھ سوزمژ۔ بذریعہ ڈاک تمن سوٗزمژ۔ تواریخی اہمیتہٕ پتہٕ پرن والین ہنٛز دِلچسپی خاطرٕ روزِتھ جایہِ یہِ چِٹھی درج کرنی شایہ جانہِ، بیٚیہ سپدِ بروٚنہہ کُن ہمیشہ خاطرٕ محفوٗظ:

پانپور۔۱۴ اگست ۱۹۴۴ء

محترم مہجور صاحب

تسلیم۔ یہ میرے لئے بڑی خوش قسمتی اور مسرت کا باعث ہے کہ میں آج پہلی بار آپ سے اپنے خیالات کا اظہار کروں۔ میں نہ کوئی شاعر ہوں اور نہ کوئی افسانہ نویس۔ صرف چند ماہ ہوئے مجھے کشمیری شاعری کا از حد شوق ہوا۔ آہستہ آہستہ میں نے اپنے خیالات کو کشمیری غزلوں میں ترتیب دینا شروع کیا۔ لیکن ابھی تک گو میں نے کچھ غزل لکھے بھی ہیں مگر اُن کی تصحیح کسی صاحب سے نہیں کرائی اور نہ کسی کے پاس اس غرض سے گیا۔ دو تین روز سے آپ کا پورا پتہ (Address) دریافت کیا۔ دل میں خیال بھی تھا کہ آپ کے پاس کچھ کچھ لکھ کر بھیجا کروں اور آپ سے اِس بارے میں کچھ مدد حاصل کروں۔ زیادہ کیا لکھوں اور لکھنے سے فائدہ بھی کیا۔ صرف ایک آشا ہے کہ آپ مجھے اِس بارے میں ضرور بہت کچھ مدد دیں گے۔ پُشت پر ایک غزل لکھ کر بھیج رہا ہوں۔ امید رکھتا ہوں کہ آپ اسے درست کر کے واپس

بھیج کر مشکور فرمادیں۔ گے تا کہ آئندہ بھی آپ سے تھوڑا امداد حاصل کرتا رہوں اور ضروری ہدایات کشمیری شاعری کے بارے میں دیتے رہیں گے۔ تا کہ عمر بھر آپ کا مشکور وممنون رہوں گا۔ آپ یہ خیال ضرور رکھیں کہ آپ کی طرف سے اس بارے میں جو کچھ حکم ہو اس پر بسر و چشم عمل پیرا ہوں گا۔ باقی آپ کی تندرستی، عزت واقبال کا خواہاں۔ جلد از جلد جواب کا طالب۔ سروانند کول۔ ملازم کھدر بھنڈار پانپور کشمیر۔" (۲)

مہجور صاۂبن کٔر پریمی جیٖس پٮ۪نہٕ پاٗٹھۍ شفقت۔ غزلس کٔرنس درستی تہٕ واپس تہٕ سوٗزنس۔ امہِ پتہٕ تھوٗو پریمی جیٖن مہجور صاۂبس نش حاضری دِنک سِلسلہِ چلہٕ وٗن۔ مہجور صاۂب رٗو دتھہٕندِس کلامس منٛزٕ اصلاح کران۔ پریمی سٕنٛدِ بن کاغذن منٛز چھِ مہجور صابنہٕ دٔسی اصلاح شُدٕ کینٛہہ باتھ وٕنہٕ تہٕ موجوٗد یمن پیٹھ مہجور صاۂبن دستخط تہٕ چھُ تہٕ کنہِ کنہِ پیٹھ تاریخ تہٕ دِتھ۔ مہجور صابنہِ اتھہٕ درُست سٕپدی متیٖ کینٛہہ شعر:

۱۔ پریمی: بُلبُل چھِ باغس وار یاہ بیٚون بیٚون بسان آلمن اندر
سارِنے ژٕ پاٗراو اول کٕنٛنے وٗتھ بُلبُلن دِل شاد کر

بعدِ اصلاح: بُلبُل چھِ باغس وار یاہ بیٚون بیٚون بسان آلمن اندر
کر اول سارِن ہُنٛد کٕنٛنے وٗتھ بُلبُلن دِل شاد کر

پریمی: کوٗت کال ژٕ روزکھ شوٗنٛگتھ ہُشیار گژھ بیدار گژھ
پریمی ژٕنے ستی شام وصباوارا ژٕ اکھ بیدار گژھ

بعدِ اصلاح: خاموش روٗ زِتھ کیابنی ہُشیار گرٕ ھ بیدار گرٕ ھ

پریمی دِوان چھے ژینہٕ وٕنی یم نکتہٕ تٔمی ہِندی یاد کر

اصلاح کرنہٕ پتہٕ چھُ مہجور صابن اُٹھن شعرن ہِندِس مذکوٗرٕ غزلس

اُخرس پیٹھ لیوٗکھمُت "درُست شُد، متری گام، مہجور کاشمیری"۔ تِتھے پاٹھی

اصلاح کرنہٕ آمتین شعرن ہِندی بیٚیہ کیٛنہہ نموٗنہٕ:

پریمی: درشُن مے لٔبہِ اکہِ ہاوتم وٗذ تہٕ اوملا لے

پایہِ یودوے چون چھُ شاہانہٕ گلابو

بعد اصلاح: درشُن مے لٔبہِ اکہِ ہاوٕنی مُشراولا لے

جانانہٕ یود چون شان چھُ شاہانہٕ گلابو

پریمی: یودوے بہ جانے حُسنہٕ کُے کُنہِ جایہ لبہٕ ہاپے

اَگتھ بہ پانے نیٚرٕ ہا پروانہٕ گلابو

بعد اصلاح: یود جانانہِ شمع صورتگ کُنہِ جایہ لبہٕ ہاپے

اَگتھ بہ پانے نیٚرٕ ہا پروانہٕ گلابو

پریمی: پریمی چھُس نالے دوان تس بالہ یارس کُن

لوکہ چار سوٗرُم تس پتے پرارانہٕ گلابو

بعد اصلاح: پریمی چھُ روٗ زِتھ انتظارس کرٕ ژہاو کھروے

لوکہٕ چار سوران آم تٕہ پتے پرارانہٕ گلابو (۳)۔

مہجورن کوٗرٕ رنہٕ سرواشتہٕ کیوٚل پریمی ہِندِس کینژس کلامس صرف اصلاح

بلکہِ کرِن تسنٛد کلام شایع کرناونچ کوشش تہٕ ۔ سُہ اوس اَمِس نوجوان تہٕ نو آموز شاعرس حوصلہٕ افزائی کرِنۍ ہان ۔ چنانچہ لیچھن اخبار ''دیش'' کِس ایڈیٹر شری کیشپ بندوسٛند تاواکھ سفارشی چِٹھ تہٕ ۔ یتھ منز تِمس پریمی سٕنز اکھ نظم شایع کرنہٕ خاطرٕ وَنٛمُت اوسُن ۔ سو چِھٹ چھپنے پریمی جی سٕندِ بن کاغذن منز موجوٗد تہٕ اتھ منز پریمی جیس متعلق یاونہٕ آمٕژ راے چھے اَمِس نوجوان شاعرِ سٕندِ شاعرانہٕ مستقبلچ پیشن گوئی تہٕ مانہٕ یِوان ۔ اکھتُے چھُ کیشپ بندوجین تہٕ اَکِس جایہٕ مجبورنہٕ امہِ سفارشی چِٹھِ ہُنٛد زِکر کوٗرمُت (۴)

چِٹھ چھے یہٕ :

متری گام

۱۰ اپھاگن

محترم ایڈیٹر صاحب دیش

تسلیمات

عزیزم سروانند کول پریمی کاشمیری گلشن سخن کے نونہال ہیں ۔ گو کلام میں ابھی اکثر لغزشیں ہیں مگر آثار بتلاتے ہیں کہ اگر اس نہالِ نوخاستہ کی پرورش وآبیاری کی جائے گی تو کسی دِن بظاہر اس چھوٹے نونہال کے گلہائے تر باغ کو مہکا دیں گے ۔

ان کی ایک ابتدائی نظم بعد مناسب اصلاح کے ارسالِ خدمت ہے ۔ اگر کوئی امر مانع نہ ہو تو اپنے مقتدر پرچہ کے کسی گوشہ میں اس کو جگہ دیویں ۔

نوخیز اور نوعمر کشمیری شعراء کی حوصلہ افزائی نہایت ضروری ہے کیونکہ ہماری ملکی زبان نہایت پسماندہ ہے۔ امید ہے آپ بہ خیر ہوں گے۔

آپ کا

مہجور کاشمیری

دٔں اوس مہجور صاب سروانند ن کول پریمس کُنہِ کُنہِ ساتہٕ پانس ستی تہٕ پکناوان حالانکہ مہجورن چھِ روز نامچہ اندازس پیٹھ ۱۹۲۸ء پیٹھہٕ ۱۹۵۲ء تام ڈائری پچھ لیچھمژ۔ امہِ کِس اُکِس اندراجس منز چھُ پریمی ستی پکناونک تہٕ مہجور صائبن ذِکر کوٚرمُت۔ یہ اندراج چھُ ۹ جون ۱۹۴۵ء کِس اُکِس پیچس منز بیٚین وارِکین اندراجن ستی شایع سپدُمُت۔ اصل عبارت چھے یہِ:

"۹ جون ـــــ سری نگر

مع سروانند پریمی گورنر صاحب کے گھر گیا۔ متصل پلو گراونڈ ٹانگے پہ۔ گورنر صاحب کا مہمان ایس۔ ایس۔ چوہان ملا۔ شعر وشاعری کا تذکرہ رہا۔ کشمیری شاعری پر نوٹ لکھوائے۔" (۵)

پریمی جیٚس اوس مہجور سُند شاگرد آسنک فخر۔ لیوٗکھمُت چھُن:

"یہ روٗدُس مہجور صائبس سورگہٕ واس گژھنس تام تِمس ستی ستی اکہِ دوٚہی بیٚیہِ دوٚہی، ہفتہٕ وأرِ، پچھِ وأرِ تہٕ رتی رتی یِوان گوٚھان۔ مے چھُ امہِ کتھہِ ہُند بوٚڈ پانس زِ مہجور اوس مے اُستاد۔" (۶)

سروانند کول پریمی اوس دینا ناتھ نادمس تہٕ واراہ نکھہٕ آمُت۔ ترقی

پسندی ہُند زور وشور اوس طیس پیٹھ ۔ پریمی تہٕ اوس اہند بن اجلاسن منز شامل
سپدان تہٕ مجبور رس پتہٕ یِکی سہ سارِوے کھوتہٕ زیادہ متاثر گوٚر سہ اوس: نیانا تھ
نادم ، وون گوو شعر گوئی منز چھنے پریمین مجبور تہٕ عبدالاحد آزادنی زِوِش
پاننٲوِ مرتہٕ نادِم تہٕ چھُن اکثر جاینا پروٗنہہ کنہِ روٗ ثمت ۔ نادم سُند اکھ موخصر
خط چھنے پریمی سنٛد بن کاغذن منز محفوظ اتھ ستی چھُ تُسند اکھ غزل تہٕ ۔ خط چھُ ۱۵
مئی ۱۹۵۹ء دوہہ پریمی جئیس رٕنش ووثمت ۔ اتھ پیٹھ چھےٚ ڈاک خانچ موہر
تہٕ یُوہے تأریخ چھُس درج ۔ خطس منز چھُ گوڑ اکھ غزل تہٕ پتہٕ پریمی جیٚس
اٰہی ۔ امہِ خطک متن چھُو پیش خدمت :۔

## غزل

(اُکس تِس دوستس تیٚمی سوٗنی تھٕ تہٕ اُتِھ بیاکھ وتھ رٹ)

بہٕ شوق کمی کھورِنے ژٕ نے عرشس گسند جنون ووت از کمالس
وُڈو مے یکی زونہٕ تام دِیتمم بہٕ لاکہہ ناپوش تتھ خیالس
ژٕ نے لول پانے مخولہٕ زونتھ تمہ ایمس بوٗر گژھے ہمس بوٗر
وُجار بنن کیا آباد کرہکھ پُنن ژٕ نے دِل اُنجہ چھےٚ نہٕ حالس
نظر ژٕ تھاوس ہناہ موکج ہش ژٕہنر چھُ ژٕ ھاران شوقہٕ بُلبُل
منتے ژٕ نے گوڑ بے حوالہٕ تھووتھن لگی بےٚ شونکس بچور زالس

سیاہ شہر اباہ ژے روت کالک لبتھ تھووُتھ زن سینہ کھ کراتھ

ہُمہ پۄرٕ کنٛز نۆر کیاچھُ نائپن یہ رأژ مارُم گمژ چھےٚ پیالس

خبر کُسنٛد اۆش خبر کسنٛدُ ووش ھُمہ لوو شبنم یہ واہ کرایا

کران راتس یے چھِ دشنیت توان صُبحس چھ موذنہ نالس

وچھس اندر یانٛدِ رتھ گومُت چھس ؤتھر ووزلی باہ باہ باپتھ

یہ وُچھتہ کوتاہ پیومُت چھُ ژالنُ کڈر سفر راتھ کیُت گلاس

اڈبن چھُ ہرٛدُک امار ساقی اڈبن چھُ راتک تمار باقی

تکیہ یہ صُبحک دیوانہ نادِم چھُ از تہٕ وان سونتہٕ کالس

کتابہ واژ۔ توہیہ آے تہٕ بتہٕ۔ کامہِ ہن گرٛدھ کران روزُن۔ وقت

واتہِ یِیلہِ رأژ ہنٛدِس پیالس رُم گرٛدھِ تہٕ پۄرٕ کنٛز کھسہ یُزرُک سریہ۔

تہٕنٛد

نادِم (۷)

پریمی سنٛز اکھ موخصر شعرِ مجموعہٕ ہن چھِ ''اوش تہٕ ووش''۔ یہِ شعرِ مجموعہٕ

ہن گرٛدھِ آسنہٕ ۱۹۵۸ء پتہٕ شایع سپز ہرش۔ اتھ چھِ کُل بیٚل شُراہ صفہٕ تہٕ

ازراہ عنایت چھس نادِم صابن ''پأرٕ زان'' عنوانس تحت دیباچہٕ تہٕ

لیۆکھمت۔ یمہِ نش یمن کتھن ہُنٛد وارٕ تصدیق سپدان چھُ زِ ۱۹۴۸ء منٛز

اوس پریمی کلچرل محاذ کین اجلاسن تہٕ مجلس منٛز بیتھے شأمل سپدان۔ مے۔ یمی اوس

اکھ باجُرت اُستاد۔ سُہ اوس خوش تمیز تہٕ خوش کلام۔ تمس اوس غریبن تہٕ

مظلوٗمن ہُند وسہٕ۔ دیباچس منٛز یودوے پریمی سٕنٛز شاعری متعلق خاص کینٛہہ وننہٕ چھنہٕ آمُت مگر اتھ چھےٚ تواریخی حیثیت ضروٗر۔ یہٕ دیباچہٕ چھُ ۲۹ دسمبر ۱۹۵۸ء دوہہ لیکھنہٕ آمُت:

پارٕ زان

امانہ لووتہٕ لوکٕٹ شاعریس ۱۹۴۸ءہس منٛز کلچرل محازس پیٹھ وِزِوِزِ درٛینٛٹھی یِوان اوس کوٚت چھُ گومُت؟ کوتاہ وُژھ تہٕ ولولہٕ اوس تٔسند بن ہینٛد بن بوٚدبن شعرن منٛز۔ واریاہ کال ووت تس وُچھنس۔ خوش تمیز تہٕ خوش کلام نوجوان۔ کیاہ تام اوٚسُس ناو۔ شاید سرواننٛد! اوسرواننٛد کول! پریمی۔ تی اوٚسُس ناو۔ شاید اوس مراز پاسک روزن وول۔ از کل آسہٕ خبر کتہٕ؟

ییلہٕ یُہس ہردِمےٚ اسان اسان اُکی باجُرت تہٕ شوٗبہٕ وُنی ووستادن انت ناگہٕ اُلی واکھ کوٚر۔ مےٚ پیوٚو کھیتام ژیٚنس۔ کاشرِ بن شاعرن ہنٛز سو گگراے پیٚیم ژنٛبس یوسہٕ ۱۹۴۷ءہس تموٗ دُشمنس کٔر۔ سُہ نوٚو گیوٚنُ پیوم ژنٛبس یُس امی وٗریہ کلچرل محازس منٛز تھنہٕ پیوٚو۔ بنٛیہٕ پیوم سُہ نوجوان شاعر ژنٛبس، یُس بہ ژھاران اوسہٕ سن تہٕ یُمس سرواننٛد کول پریمی چھُ ناو۔ سرواننٛد کول پریمی اوس ازمےٚ بوٚ وُنہہ کنہٕ میون ووستاد ساتھی مگر بہ زانٛن پریمی شاعر، یُس دِلس منٛز انسانہٕ سُند دود چھُ نارِ بدِ بہیہٕ سگوان۔

سری نگر ۲۹ دسمبر ۱۹۵۸ء

دینا ناتھ نادم (۸)"

☆☆☆

# حأشیہِ تہٕ حوالہٕ

(۱) یہِ چھِٹ تہٕ بیٛنہِ: ادیاہ مسودٕ چھِہ پریمی سنٛدبن فرزندن شری راجندر پریمی تہٕ شری رویندر روی صاحبانن نش اصل صورتس منٛز موجود امہِ مواد ک فوٹوسٹیٹ کرِتھ کوٚر یہِ تمو فراہم یُیمہِ خأطرٕ بہ تہنٛد شُکر گذار چھُس۔

(۲): نقل مطابق اصل۔ کأشُر ترجمہٕ کرنہٕ بجاے زون مے مہجور صأبن یہ خط من وعن تُبرکاً اردوہس منٛز ے تھاوُن۔

(۳) پریمی سنٛدبن کاغذاتن منٛز چھِہ مہجور صأبنہِ درستی سان تہنٛد اتھہٕ تہٕ تہنٛد دستخط کرِتھ پریمی سنٛدبن فرزندن نش نومنظوٗمات (نظم تہٕ غزل) محفوٗظ۔

(۴) کیشپ بندوأسنہ ترال علاقہٕ کہِ گیروگامکی روزن وألی۔ امہِ سفأرشی چھِٹہِ ہُنٛد ذکر چھُکھ انگریزی زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمتِس توصیفی چِٹھہِ منٛز کوٚرمُت یوسہٕ بھگوت گیتا یہِ ہُنٛدِ اردو منظوم ترجمہٕ کِس سِلسِلس منٛز پریمی جِیَن تہٕ ناوچھپہٕ چھکھ تہٕ پریمی جیَن چھے سوٚ چِٹھی پننِس تمہ منظوم ترجمس منٛز شأمل کرمژ۔ چِٹھہِ ہُنٛد اکھ اقتباس چھُ یہِ:

"I have been knowing Sh. Sarwanand Koul Prem! since 1944,when he one day came to my Desh office of which i was then the editor with a patriotic poem " Woth Bulbuloo Bedar Gach " Along with an Introductory letter from Mahjoor Kashmiri" Kashyp Bandhul .Geero (Noor pora) Sept 1981"

(۵): وقتہٕ کِنۍ کور نوٚس سمکھنہٕ برٛونٛہہ یمی ینیلہ ژٕ جوان نوآموزتہٕ کم معروف اُہُن پانس ستۍ ژُین چھُہ بجاے خود تمہٕ نزدیکی ہُنٛد ثبوت یوٚسہٕ پٕ یمیس مہجورس ستۍ آس۔

(۶): شیرازٕ: مہجور نمبر: دسمبر: ۱۹۸۷ء ۔ ص۔ ۵۸۰۔ مضمون: میون مہجور۔ مضمون نگار: سروانند کول پریمی۔ ناشر: کلچرل اکاڈمی۔

(۷): نقل مطابق اصل۔ یہ غزل نہٕ چھنہٕ نادم سٕنٛزٕ ''دٕشہلی گُل'' شعرٕ سومبرنہٕ منٛز یوٚسہٕ موتی لال ساقین ترتیب چھےٚ دِژمٕژ تہٕ نہ غلام رسول حسرت گڈہ سٕنٛزٕ مرتب کرٕمٕژ نادم سٕنٛزٕ ''مے چھم نگاہ باقی'' شعرٕ سومبرنہٕ منٛز شامل۔ از تام غاَر مطبوعہٕ آسنہٕ موکھہٕ آیہ یتھ جایہِ درٕج کرنہٕ۔

(۸): نقل مطابق اصل۔

# ادبی خدمات

(۱)

## مطبوٗعہٕ کاشُر شاعری:

شعر گوئی، شعر خوانی تہٕ شعر فہمی آسی سروانند کولن پریمی سندی محبوٗب مشغلہٕ۔ شعر چھِ تِمی کاشُرِ علاوٕ اردو، انگریزی تہٕ ہندی زبانن منز تہِ تخلیق کری متی۔ وٗں گوٗو کاشُر آسس ماجہِ زبو تہٕ اتھ منز ہیتھے شعر گوئی اوسُس گوڈنیک عشق۔ سورگہٕ واس سپدنہٕ تام اوس نہ برابر لیکھان۔ حتا کہِ ۱۹۹۰ء منز اوسُن اپریل رہتہٕ بنہِ اٹھو وہمہِ تارخہٕ صُبحچہ دۄنہِ نوِ بجہِ تہِ اکھ موخصر غزل لیوٗکھمُت تہٕ دۄپہرچہ دۄنہِ دویہِ بجہِ تہِ اکھ حالانکہ۔ تِم غزل زٕ چھا زتہِ محفوٗظ مگر موتن چھنہٕ تِمس یِمن آخری دون غزلن بیہِ نظر دِنچ فرصت دِژمٕژ:

(۱)

| | |
|---|---|
| بُتھہِ پی آوٕ ے تی کرسہ | آشایہِ کوسم ہلم ہرسہ |
| سون تھوتھاجہِ تہٕ حبس پھوکہٕ ہے | للہِ ہیٚز رٕژ کتھہٕ وونہ برسہ |
| نبہٕ گرینٚی گرٕژھی گرٕژھی پالے دم | آکاش نوٚن اتھ چھونہِ جرسہ |
| سأ لاہ ووٗتھ تٕژ پائے ووٗتھ | رٕتی پأٹھی تارس ووٗنی ترسہ |

سأری پنہٕ نی کانٛہہ نہٕ پٔژن    تمہٕ سُنٛد ناوا منہٕ سر سہٕ
پژھ ڈٔج پہراہ کیا سہٕ گو    نو سمہٕ پژھہِ ہن ہنٛیہٕ کرسہٕ
پہمی وِز وِزِ لولس لور    لوللہ نٔوی نٔوی ہُرک پہسہٕ

(صُبحٕ نو بجے دۆنہٕ 28-4-1990)

(ب)

میأنٛی لولن دِدِ وَن سبزاُوی کتہٕ
پوش رنگا رنگ یمن پھولراوی کتہٕ
میأنٛی لولن کاپہِ اُنٛی کم کم کنٛزند
شیشہٕ سنگر یک قلم وبگلاوی کتہٕ
عشقہٕ منقلہِ یاونس یم تنٛربکھ دوان
وزٕونی میأنٛی لولہٕ نے شہیلاوی کتہٕ
اورٕ یم ہے آیہِ لاران دکھ دوان
خشمہٕ ہتی تم لولہٕ ستی شیلاوی کتہٕ
پی یوژھم رُت تی وُچھم پنہٕ نبو اُچھو
ٹیاے ہٕڈی ہٕڈی جان پاٹھی انز راوی کتہٕ
ٹار دیُت اندی اندی تمو یم گاشہِ روٗس
میأنٛی لولن ستی ستی زھیوراوی کتہٕ
لول میوان پہمی چھہٕ دراُمت ہوٗل گنٛڈِتھ

کھاسی ژولکہ تمیشہِ پیمتی چاؤی ءکی

(صوف: 1990-4-28-دؤنہٕ زِ بجے دوہ)

گوڑ گوڑ آسی سروانند کولن پریمیمن مہجورنس طرزس پیٹھ بأتھ پمپھلیٹن ہٕنٛدِس صورتس منٛز شایع کرنأوِ متۍ تہٕنٛد بن فرزندن ہندونن (۱) چھُ زِ ۱۹۴۴ء منٛزے اوس ''کلامِ پریمی'' شایع سپدُمُت۔ تہٕنٛد بن شایع شُدِ شعرٕ مجموٗعن منٛز چھنہ کانٛہہ تہٕ باڈوبوڈ۔ یٕدس آمتین تِمن مجموعن ہُنٛد تفصیل تہٕ تِمن اندر موجوٗد کلامُک کم کاسہٕ تجزیہِ چھُ یتین درج کرنہٕ یوان۔

۱۔ کلامِ پریمی: ۱۹۴۴ء۔ یہِ پمپھلیٹ چھُ وۄنۍ نایاب۔

۲۔ پیامِ پریمی: ۱۹۴۴ء۔ یہِ پمپھلیٹ تہٕ چھُ وۄنۍ نایاب۔

۳۔ رۄدِ جُری:

''رۄدِ جُری چھُ شُرُہن صفن پیٹھ مشتمل کِتابچہِ۔ امیُک یُس چھأپی نُسخہٕ بہ وۄنۍہہ کنہِ چھُ تتھ پیٹھ چھُنہٕ امہِ کہِ شایع سپدنُک وری لیکھتھ، وُل گوراجندر پریمی سُنٛد وُنن چھُ زِ یہِ چھُ ۱۹۵۶ء منٛز شایع سپدُمُت (۱) تاہم چھُ امہِ کِس دؤیمِس صفس پیٹھ مہجورنہ سفارشی چِٹھِہ ہُنٛد اکھ اقتباس (۲) تہٕ ''خدمت'' اخبارکس منٛز پریمی جیس متعلق چھپیوہُت تاثُر درج۔

یمن دونہٕ وۄنۍ اقتباسن تلہٕ کنہِ چھُ وۄتھمن لفظن منٛز لیکھتھ:

''اننت ناگ کشمیر — سروانند کول پریمیؔ''

یوم آزادی ۱۵ اگست ۱۹۵۵ء

امہِ تلہِ ہیکہِ یتھے انداز سپد تھ زیاتہ چھُ یہِ کتابچہ ۱۹۵۵ء منز ے شایع سپدُمُت نتہ چھُ "خدمت" اخبارس منز "تاثر" ۱۵ اگست ۱۹۵۵ء دوہہ چھپیومُت۔ دویم توجہ طلب کتھ چھے زِ گوڈنکس مل ورقس پیٹھ یتھ جایہِ دٔھسن حرفن منز ناو "رٔو جرٔ" لیکھتھ چھُ تتھی جایہ رٔژہناہ ہیوٗر پہن چھس کلام پریمی نمبر ۲ تہِ لیکھتھ۔ امیُک مطلب گوو زِ "کلام پریمی" چھِنہٕ الگ پاٹھ پمپھلیٹ آسی مُتی۔ گوڈنکس کلام پریمی یَس تہِ آسہِ ہے کینژھہ بدلیا ناو۔ بہر حال ناون ہند یہِ دل واٹرُل الگ تھاوِتھ دِمؠ تتاثرس کُن رٔژہناہ دیان پُیس "خدمت" اخبارس منز شایع سپدُمت اوس۔ اصل اقتباس چھُ یہ:

"پریمی ایک نوجوان شاعر ہے۔ اس کے اشعار میں پختگی کے ساتھ ساتھ امید اور ترقی کی ایک جھلک دکھائی دیتی ہے۔ ہمارا خیال ہے کہ پرانی داستانیں دہرانے والوں کو اس نوخیز شاعر سے چوکنا رہ کر زندگی کی حقیقتوں کی طرف رجوع کرنا چاہئے۔ مقامِ مسرت ہے کہ مرزا عارف کے سکول میں عاصی ایسے کہنہ مشق کے ساتھ پریم کی یہ کلی بھی کِھلی ہے" (۳)

اقتباسک حاصِل چھُ یہِ زِ:

۱۔ پریمی چھُ نوجوان شاعر۔

۲۔ شعرن منز چھس پختگی تہِ امیدٕ بنیہِ ترقی ہنز پزبو۔

۳۔ پرانین داستانن پھیر پھیر دِنہٕ والین پزنوٚنا پزٕرن کُن پھیرن۔

۴۔ مرزا عارف سِنزٕ جمائزٕ ستی تہٕ تسٕنٛدِس مکتبِ فکرِس منز یِیتہٕ عبدالستار عاصی لیس ہیو کہنہٕ مشق شاعر چھُ تتہٕ چھنہٕ پزٕ یمی سِنٛدِ لوچ پوشہٕ ٹوٗری ہن تہٕ پھوجرِ۔

"رٕوٗدِ جرٕی" کتابچس منز چھےٚ پانٛژھ منظوٗمات۔ پانٛژوے چھِ روایتی طرز کی۔ زٕ خاص نظمہٕ چھےٚ "رٕوٗدِ جرٕی" تہٕ "میون مجبوٗر" مگر "رٕوٗدِ جرٕی" نظم چھےٚ پانٛژوٕ منز سارِنے سرٕس۔ امیُک ووجہٕ مصرعہٕ چھُ ...... "سوزِ دِل میون بوز رٕوٗدِ جرٕی یے"۔ سوٗرے منظوٗمہٕ پرٕتھ چھُ یہِ پزٕ ژٕٹا کار سپدان زِ یہِ بایتھ چھےٚ پزٕ یمی جِیَس عبدالاحد آزاد تہٕ مجبوٗرنہٕ نظمہٕ پزٕ تھ تحریک پاتھیمژ۔ تہنزٕ امہٕ قبیلچہٕ نظمہٕ یمن کینژٕ ووٗن زِیم چھِ غزل تہٕ کینژٕ ووٗن زِیم چھِ "وژن" مگر بنیادی طور چھےٚ یمہٕ نظمہٕ چھنہٕ پزٕ یمی جِیَس نظرِ تل آسمژ۔ مثالے آزادنی نظم:

۱۔ پاں ژادر ...... ووج : روزِ ما پاں ژاڈ ریے

۲۔ وتھ ...... ووج : سونٛدری یے بوزِ میانی زار

۳۔ شِنہٕ مانٛز ...... ووج : شِنہٕ مانٛز شِلہٕ پہ مانٛزیے

تہٕ مجبوٗرنی نظم:

۱۔ زوٗن ...... ووج : کانٛژ زوٗنی بوز میانی زآوی یے

۲۔ البانی ...... ووج : مانٛزی منزی سانٛی البانی یے

سرواننٛد کولنی پزٕ یمی یَس آسہِ ہے نہٕ صرف یمن نظمن ہُنٛد گریز کنن گوٗمُت بلکہِ آسہِ ہنس یمہٕ ہمہٕ وزنہٕ کنہِ۔ تسٕنزٕ یہِ نظمہٕ چھےٚ شعر گوئی ہنٛدِ سفرِ کنن

گوڈ نکمن وُ رِ بن منز لیکھنہٕ آمژ ،لہذا اگر استادن ہنزن نظمن لرِ لو رہیکہِ ہون نہٕ تھاوُتھ تاہم فنی لحاظ کمزور تہٕ چھنہٕ ۔ امیک خاص وصف چھُ رواں اہنگ ۔ شاعر چھ پنن واٗلس سٕہ ماحول باوان تہٕ تنہٕ ناوان یُس چُرک رٔو دپینہٕ وِز فطری طور پاٗدٕ چھُ سپدان ۔ رٔو شرانہِ چھےٚ وسان ٹھسر ارے چھےٚ سپدان تہٕ نیرُن پھیرُن چھُ موقوف سپدان ۔ تاہم چھُ شاعر اتھ رٔوٕ جرِیوسہٕ اکایل چھےٚ کایل بناوُتھ دنان زِ میانہِ دِلک سوز تہٕ بوز ۔ نظمہِ منز چھِ عام فہم لفظ تہٕ زبان صاف تہٕ سہل نظم چھےٚ رواں تہٕ لوتہٕ واے بیٚہ مانوس بحرِ تہٕ وزنس منز اوے چھےٚ زبو تہِ کھسان تہٕ سازس تہِ ۔ یوہے وجہ چھُ زِ یہ آس اکہِ وقتہٕ زبردس مقبوٗل ۔ مواد رنگی چھےٚ یہ اکھ فطری حُسن پیش کرن واجنِ نظم ۔ تکمر فطری رموزو علاوٕ چھےٚ یکسائیتس باٗے برادری تہٕ روادری ستی تعلق تھاوان والین خیالن تہِ منزی منزی اٗنہ ہاوان ۔ وننہٕ چھُ آمت زِ رٔو دپھُ واٗرنن سبزار بناوان ۔

نبہٕ وُزھکھےٚ ناز کٗری کٗری یے      سوزِ دِل میون بوز رٔوٕ جٗری یے

آفتابس پیٚوٕ کیا تھوُتھ

لولہٕ سوزا لولہٕ بوز نوُتھ

سبزارس موکھتہٕ جُری جُری یے      سوزِ دِل میون بوز رٔوٕ جٗری یے

چاٗنی سازن خوش آوازن

کوٗر پیٚمی واٗقف رازن

دوٗر گرشھہِ نس ساٗری ٹھری یے      سوزِ دِل میون بوز رٔوٕ جٗری یے

"اپریل دُونژاہس منز اوسُس یہ کشیرِ نبر سے جلیے اُستھس اندر ریلہ یہ کشیر آس تہٕ گوس سیوٗ دے مہجور صابنس مزارس پیٹھ اتھ واجن۔ ہیرن کھسان کھسان ژوٗل مے یکھ قلم زبونیر تھ : کس ژٕٹھم زبونُس وتان مہجور رموٗد۔ اُشس اُلجم دار۔ پتہٕ کُرمے یہ نظم گرواتھ پوٗرٕ" (۴)

اُتھی نظمہِ چھُ ناو "میون مہجور" ۔یہ چھے رٕوٗدِ جری" کتابچس منز شامل اُخری نظم ۔ اتھ چھِ پنداہ شعر۔ کلہم نظم چھے تماکر دِ سُند استادٕ سُندس مرنس پیٹھ محفِ وبلاپ ہیوٗ ۔ کینہہ تاثری بیان یہ حیدٕ بن ہمژ شدت تکریم نٕ فنی پار بنتھ ہیکی مٕتی چھِ ۔ تاہم چھُ یہ خراج عقیدت تہٕ اتھ منز فن ژھارُن روزنہٕ تمایہ مناسب :

کُس وتان مہجور راتھ تامتھ زِندٕ اوس
کُس وتان مہجور بوٗڑ اکھ رِندٕ اوس
کُس وتان چھُ قبرِ منز مہجور تنگ
کُس وتان ژوٗل پننہِ رنگہٕ پیرون تمہِ سنگ
یم ونن وٲلی کیاز لتس ووہوو کران
کیاز مہجورس چھِ ماران کونہٕ تم پانے مران
اسہِ وُن مہجور وُچھ وُچھ کیا پھولان
یژھ تہٕ پژھ ہتھ ستہ یہی تنبلان (میون مہجور)

اتھ کتابچس منز درج بیٖیہِ ترٕے منظوٗمات چھِ عموٗمی طرز کی روایتی باتھ

یِمن منز معشوقس نِش دوٗرِ رُکی معشوق سنٛدِ حُسنکہ تہٕ عشقٕ طرآزی ہٕنٛدی خیال تہٕ مضمون گنٛڈنہٕ آمتی چھ۔ یِم چھا اکثر جاین ڈیٖکو تہٕ خیال آفرینی منز چھکھ نہٕ کانٛہہ تھزر تہٕ نہٕ نوبر۔ ڈٲن گوٗوروٲنی تہٕ سازٕ ت چھکھ ضروٗر۔

عارٕ ہٕو چھس وارٕ ولٕ تارٕ گنٛزران
چاونا ٲوتھس لولہٕ مس پیالہٕ مدنو
لوکچارس بہ پرارے کوتاہ کال
لڈنٛک پان چھم کوتاہ ژالہٕ مدنو

☆

باگلو! دوٗ دران پان وونوٗم کس ونہٕ روٗدم لولہٕ گلزار

## ۴۔ اوش تہٕ ووش:

وُہمہٕ صدی عیسوی ہُنٛد گوڑ کال اوس سیاسی، سماجی تہٕ سائنسی تبدیلیَن ہُنٛد زمانہٕ۔ فطری قاعدٕ چھُ زِبڑی انقلاب تہٕ بجہ تبدیلیہٕ چھنہٕ ہنگہٕ منگہٕ یوان۔ یِمن چھُ مختلف محرکات پھٔری پھاہ آسان وِ ستھ تہٕ اِچھے پنہٕ نِس وقس پیٹھ زیوان۔ تی سپدُ کشیرِ منز تہٕ۔ ہتہٕ بدین وُرِین اُکی ہے دشایہ روٗزِتھ ییلہِ کاشر بولر پھٔرن دِنگ سنٛز کوٗرتہٕ زایہ ۱۹۳۱ءمنز شخصی راجس خلاف عوٲمی تحریک۔ تمہ تحریکس سپٕز عوٲمی مقبولیت حاصِل۔ ا۔ بارپتھ پیوس ثقافتی پوٗت منظرُک ہمہٕ ڈوکھ تہٕ حاجت۔ پیرزادہ غلام احمد مہجوٗر تہٕ

عبدالاحد آزادنی حبِ وطن تہٕ آزادی ہندی نغمہٕ روٗدِس آیتھ ۔ ہندوستانس منز آمہٕ ترقی پسند تحریک شروٗع سپزمژ ۔ کشیرِ منز تہٕ لوٗگ ترقی پسند تحریکس کن ۔ مہجورنی نغمہٕ لگی عوامی اجلاسن اندر سیٹیجن پیٹھ گیونہٕ ۔ واریاہ شاعر گئے ترقی پسند تحریکہِ منز شامل ۔ اتھ تحریکہ دوران لیکھنہٕ پینہٕ وٲلس ادبس پیٹھ روٗد سوشلزم تہٕ کمیونزمک خاص اثر ۔ ترقی پسند تحریکہ دوران آو "ادب برائے زندگی" نظریہس پیٹھ زور دینہٕ ۔ نادارن، لاچارن، گریستین، کامگارن تہٕ کسب دارن ہنز ترجمانی کرٕنی، انسانی رشتن، برادری، برابری تہٕ رواداری پیٹھ زور دیُن تہٕ استحصال کرن والی ننگہٕ کرٕنی اوس امہِ ادبک مقصد ۔ عبدالاحد آزاد، غلام احمد مہجور، دینا ناتھ نادم تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارف تہٕ بیٚیہِ واریاہ لیوکھ واریاہن ؤرِین امی گاچھِ تہٕ مقصدٕ ادب ۔ شخصی راج موکلتھ تہٕ ہندوستان آزاد گژھتھ روٗز ترقی پسند ادبی تحریک واریاہن ؤرین چلہٕ وٕنی ۔ اکھٕتے آو اتھ متعلق وننہٕ زِ یہِ اوس پروپگنڈائی ادب تہٕ ڈم ڈُم گھ ۔ مگر اتھ دوران آیہِ کینہہ نوی ہیتی تجربہ کرنہٕ نظم نگاری کوٗڑ واش ۔ واریاہ ترقی ثن پار آیہِ بارسس ۔

سروانند کول پریمی سنز شاعری ہُنٛد یس منظرتہِ چھُ یو ہے ۔ تمس اوس دردمند دِل ۔ مزدورن، گریستین تہٕ غریبن ہنٛد حالہٕ نِش اوس باخبر ۔ ظلمس تہٕ استحصالس خلاف اُسس نفرت ۔ شخصی راجس خلاف عوامی تحریکہِ ہنٛدین لیڈرن اوس نکھہٕ آمت ۔ اکھٕتے اوس مہجور صابس تہٕ نادم صابس تہٕ واریاہ

نکھ۔ اوہنُد تہٕ عبدالاحد آزادنین انقلابی تہٕ عوامی نغمن ہُند کریزٕ اوسُس کٕنن گومُت تہٕ ترقی پسند ادبین ہنٛد بن اجلاسن منٛز اوس شریکھ سپدان۔ وارٕ وارٕ سپد سیاستس سٟتۍ تہٕ وابستہٕ۔ ''کشمیر چھوڑ دو'' تحریکہِ سٟتۍ تہٕ روٗدٕ۔ گرفتارتہٕ آو کرنہٕ ساعتھ۔ کر اوند روٗزِتھ کرِن کام۔ نیشنل کانفرنسکس البانہِ جنڈس متعلق تہٕ لیوکھن اردو زبانہِ منٛز پٕنن حُب تہٕ لول۔

سرواند کول پریمی سنٛدی یم خیالات چھےٚ ''اوٗش تہٕ ووٗش'' کتابچس منٛز پوٗختہٕ فنکارانہٕ باوتھ تہٕ پراوان تہٕ واش تہٕ کڈان۔ شراہ صفہٕ وول یہ کتابچہٕ چھُ شایع ۱۹۵۸ء (۵) منٛز شایع سپدمت۔ اتھ منٛز چھ کُل شے منظوٗمات۔ یم چھےٚ باسان چھےٚ زِ پریمی سنٛدی باوژٕ ہنٛز باوژ وطیرن چھےٚ بلوغیت تہٕ پوٗختہٕ گی پراوٕمو۔ اما پوٗز مجبورتہٕ آزادنہِ اثرنش چھنہٕ آزاد ہیوٗ کمُت سپدتھ۔ اتھ منٛز چھُ غزل بالہِ گوڈنیک منظوٗمہٕ ''آسہِ ہے''۔ یتھ منٛز شاعرین ڈلِ زِتہٕ تمہٕ کشیرِ ہنٛزِ یمہٕ بران چھُ یمکی خاب کاشرِ بوٗچھتی آسۍ یا پمیٚک نقشہِ تمن بروٚنٛہہ کُنن ترا ونہٕ آمُت اوس۔ سُہ چھُ دپان یہ پہ گوٚژھ آسُن پہ پہ گوژہ سپدُن مثلاً اتفاق تہٕ روادآری ملہٕ ژارتہٕ پانٛنیار اتھ واس تہٕ سمُت۔

روزِ ہمہٕ انسان ساری اکھ اکس سٟتۍ نم تہٕ ماز
زندگی ہُنٛد بوٗنٛہٕ وٕٹھہٕ کنہِ تیتھ کانٛہہ نشانا آسہِ ہے
بٲے بنٛدٕت راوٕ رتھ کتھ پیوان منٛز بازرس
کیازِ سپرس منٛزی گومُت کانٛہہ غارَدانا آسہِ ہے

حالانکہ پرٛیمی سُند غزل چالہٕ منظوٗمہٕ چھُ عبدالاحد آزادنہٕ یمہٕ بأتہٕ کِس زمینس منٛز تھٕوی. بحرس تہٕ رنگس آہنگس منٛزتہٕ خیالن ہُند ہشر تہٕ چھکھ۔ یہ چھےٚ وَکھرٕ کتھ ز پرٛیمی سُند بأتھ چھُ آزادنہٕ فنی پوختگی تہٕ معیارس تام ن وأتھ تہٕ لرٕ پکان ـ

قدرتس بیٚون بیٚون تھوٗنی بیلہٕ آسہٕ ہن ملت تہٕ قوم

پرٛ بتھ أکس بیٚون بیٚون زمینا آسمانا آسہٕ ہے (آزاد)

دوٗیم خوبصورت تہٕ اثر انگیز نظم چھےٚ یتیمن متعلق اتھ چھُ عنوان "یتیمن ہُند" ـ یہٕ فنی لحاظہٕ چُست تہٕ پوختہٕ نظم چھےٚ یتیمن ہُند ستم تہٕ صدمہ باوان۔ دراصل یُس وردِ دِلس پرٛیمی تھاوان اوس سُہ اوس پرٛ بتھ جایہ تس سٕنٛز شاعری منٛز لبانہٕ باوتھ۔ یتیم سُند حال وُچھتھ آسَس چشمہٕ ترٛسپدان۔ اتھ موضوعس متعلق چھےٚ کأشرِ زبأنی منٛز وارِیاہ نظمہٕ لیکھنہٕ آمژٕ یِمَن منٛز پرٛیمی سٕنٛز۔ یتھ نظمہٕ خاص مقام پراوان چھُ ـ

ازلے چھُ یمن نالہ ارزول غلامی ہُند

ستمن تہٕ دوکھن داد بٕن اقرار یتیمن ہُند

وُچھ وُچھ یتیمن کُن ہے بأ کہ ژھٹالن پرٛیمی

پرٛاران کر گوژھہٕ بیدار اوتار یتیمن ہُند

ترٛیمہٕ نظمہٕ چھُ عنوان "ماواتے"۔ عنوانہٕ تلےٚ چھُ انداز سپدان شأعر ہُنٛد ناپسندیدہ کتھن ژھاکہ پرٛھان کرُن۔ اتھ منٛز تہٕ چھہٕ تِمس کأشر بن ہنٛز بجأیی

تہٕ پاپہٕ جاٛئی نظرِ تل۔ ظٔلمس تہٕ غلامی ستۍ چھُس سخت نفرت تہٕ یژھ شاعری ہیکہِ احتجاجہِ کِس وانکس منز تہٕ تھونہٕ یتھ۔

کرُن ہز باغوانس تی یہ پوشن بُلبُلن کیت جان
کنڈ بن وین سگہ تہٕ پوشن پھولی متمن پز پار ماواتے
رُٹن بُلبُل ژٹن تس ژھوگ کرٕنتس خانہٕ واٚرانی
پزِیاہ کاوس بُرن ہاوس ملنز سز کھار ماواتے

''غریبہ ہنز کراو بگوانس'' تہٕ'' بگوانن دنان انسانس'' چھےٚ یمہٕ موختصر شعر مجموعچہٕ ز اہم نظمہٕ۔ گوڈنچہِ نظمہِ چھُ عنوانس لرِ تخلیق سپد نک تاریخ ۲۱ مئی ۱۹۴۸ء لیکھتھ اکھُتے چھُس مقام تخلیق ''سری نگر'' تہٕ دِتھ۔ تہٕ دوٚیمہِ نظمہِ ہُنْد تاریخ تخلیق چھُ ۲۴ مئی ۱۹۴۸ء درج۔ یہٕ دوٚیم نظم تہِ چھےٚ سری نگرے لیکھنہٕ آمژ۔ دونوے چھِ عبدالاحد آزادنہٕ یمہِ مشہور غزلہِ ہنْدس زمینس تہٕ تک واہنگس منز لیکھنہٕ آمژ۔

دِل ساٛنی مہ کر غمگین تقدیر تھکبن والے
افسانہٕ بِرن والے دیوانہ کرن والے

بنُیادی چھےٚ یمہٕ نظمہٕ ''شکو'' تہٕ ''جواب شکو''۔ یمن منز چھےٚ پریمی جیٖن لوکن ہنز ترجمانی کرمژ تہٕ پننمن ترقی پسند خیالن زیو دِژمژ۔ یودوے یمن نظمن پتھ تہِ سوشلزم تہٕ کیمونزمُک پرتو صاف چھُ نگراتہِ چھنہٕ مذہب بیزاری ہُنْد سوال۔ اتہِ چھُ انسانی نابرابری تہٕ ماٛدی تہٕ اقتصاٛدی نابرابری ظُلم تہٕ

استحصالک سوال۔ یہِ وُنن چھُنہٕ شاید صحیح زِ ''غریبہٕ مٔنز تٔراو بگوانس'' نظم چھے...... ''اقبال سٔندِ شکوٕ متاثر گژھتھ لیکھنہٕ آمٕژ'' (٦)۔ اقبالؔ اوسے نہٕ پریمی سُند نہ ماڈل تہٕ نہ ٹوٗٹھ شاعر تٔمس اوس ٹوٗٹھ ٹیگور، کالیداس، عبدالاحد آزاد، غلام احمد مہجور تہٕ دینا ناتھ نادم بیترِ۔ اقبالُن ''شکوٕ تہٕ جواب شکوٕ'' چھُ وکھرِ چیز۔ پریمی چھُ بگوانس شکوٕ کران زِ ژٕے انصاف کرن وول چھُکھ تیٚلہِ کیازِ تھوٗوتھ اکھ انسان زردار تہٕ بیاکھ بے زر غریبس کیٛت کیازِ بنوٗوتھ یہ دُنیا مُشکل تہٕ امیرس کیٛت جنت۔ اَڑی کیازِ رنگہٕ بنگلن بسان تہٕ اَڑی ژھیٚپہِ پھٕہرن منٛز۔ ژٕے یکسان تھٔکبن وول چھُکھ دوگنیار کیازِ تھوٗوتھ اَسہِ منٛز۔ انسانس کیازِ تھوٗوتھ انسانٕے خون ژٕہنس۔

گُن چھُکھ تہٕ گُنے آسکھ اِدٕ کیٛتھ ژٕے گُنبر ہوٗوتھ
زٔلمہ ماہ یہِ وُچھتھ رووٗس یکسان تھٔکبن والے
اکھ کیازِ تھوٗوتھ زردار بیاکھ کیازِ تھوٗوتھ بے زر
کُنہِ نظرِ وُچھن والے انصاف کرن والے
(غریبہٕ مٔنز تٔراو بگوانس)

دوٚیمہِ نظمہِ منٛز چھُ بگوان تٔراو کرن وٲلِس انسانس جواب دِوان یعنی یہٕ نظم چھے ''جواب شکوٕ''۔

سمٕوار، ملٕوار تہٕ اوتھ دِیے بیٚلہِ ژٕے گُزرٲوتھ

اڑ کیا ژنے یہی حاصل زبہ مال پھرن والے
دِے تراوہ بوز دوگنیار ہِش ہموعہ بریس پانس
تسبیح پھرن والے ٹیوک زیوٹھ کرن والے

یتھ موختصر شعرِ مجموعس منز چھے آخری نظم "یاوُن میون" عنوانس تحت، یوسہ ۱۷ جنوری ۱۹۵۶ء دوہہ لیکھنہ آمژ چھے۔ اتھ منز چھے شاعرن پننہِ لوکچار ڈیچھموتہ دیتہِ راوُمو تختی بیان کرمژ۔ یہ ائمن دوکھن زبو ڈِژمو۔

## ۵۔ بھکتی کوسم:

عقیدتی شاعری منز چھے لیلا اکھ اہم شعرِ ذاتھ۔ لیلا چھے بنیادی طور وژن یتھ منز دیوتاہن، دیوین، گورس بیتر تعریف کرنہِ چھِ یوان۔ پننہِ یژھ یژھ باونہِ یوان چھے بھکتی، لول، عزت تہِ شردھا پیش یوان کرنہِ چھِ۔ بگوانس، دیوتاہن تہِ دیوین چھِ انوگرہ یہہ کرنہِ باپتھ زارِ پارِ کرنہِ یوان۔ کاشُر زبانہِ منز چھِ اثر انگیز بھکتہِ بھاوِ واجمن لیلاین ہُند خاص سرمایہ موجود۔ کاشرِ پنڈتھ چھِ انفرادی طورتہِ یمہ لیلایہ پران تہِ اجتماعی طورتہِ۔ خاص پاٹھی چھے پوجہ بتر دوہن پیٹھ پوزایہ ہُند حصہِ مانتھ یمہِ ورتاونہِ یوان۔ لیلا یہ چھے سازس پیٹھ تہِ گیونہِ یوان۔ اکثر کاشرِ پنڈتھ شاعرو چھے لیلایہ لیچھمژ۔ اتھ سِلسلس منز چھُ سرانند کول پریمی تہِ شامل۔ "بھکتی کوسم" چھے پریمی سِنزن واہن خوبصورت چُست تہِ روانی دار لیلاین ہنز اکھ لوکٹ سومبرن۔ فنی

پۆختگی چھےٚ یمن سارِنے لیلاین منٛز موجوٗد۔ یمن اندر چھےٚ شردھاتہٕ بڑھ پڑھ بار بکہٕ۔ اتہٕ چھنہٕ پریمی کُنہِ انٛدٕٹھ۔ باس دِوان، اتہٕ چھُ سُہ اکھ دھارِمک پۆرش پننہٕ باپتھ تہٕ کُل عالمہٕ باپتھ آہی تہٕ اَنُگرہہ منگان۔ بۆمبرکس تارنہٕ باپتھ دیوتاہن تہٕ دِیوبن ناو پارہٕ کران۔ کلہٕ یوگہٕ کہِ اپزنش موکل منگان۔ پٲنٹہٕ پریمی جیَن چھُ لیوٚکھمُت:

"یمہٕ چھےٚ میانہٕ موکھ دراہش لیلایہ۔ یمہٕ چھےٚ شردھایہٕ تہٕ بھکتی پۆران۔ گوڑنیتھ چھےٚ مے گورد یوس آردھنا کرہٕش۔ تمہٕ پتہٕ ییلہٕ دیہٕ سپدِمیں دربارس منٛز یُس سبٹھا تھوٚد تہٕ بوٚڑ دربار چھُ اژنک سٕنز کران چھِ گوڑ چھُ امہٕ درواژُک ڈیڈی وان سیدٕ داتا شری گنیش جی بُتھ پیوٚان۔ امہٕ کنٛی چھ اُمی سٕنز توتا۔ دربارس منٛز اُژِتھ چھِ شوتہٕ شکتی سِندھان تہٕ گوڑ بھگوان شنکرس ناو پارتہٕ پتہٕ زُلت امباماتا شکتی ونے پڑنے......" (بھکتی کوسم: ص۔۴)

یتھہٕ پأٹھی چھےٚ اکہِ خاص ترتیبہ مطابق پریمی جیَن اتھ کتابہِ ہنٛزِ منٛز یمو عنوانو لیلایہ اَرپن کرہٕش: گورد یوس، شری گنیش جی یَس، بگوان شنکرس، شارِکا بھگوتی، شری رام جییس، شری کرشن جییس، روپہ بھوانہٕ، ہمرٕنٕ تکامس، پرم ہمس رام کرشنس تہٕ بھگوان شنکرس۔ اکھ خاص کتھ چھےٚ یمن لیلاین متعلق زِ یم چھےٚ ۱۹۷۹ء دوران لیکھنہٕ آمٕژٕ۔ پرٛتھ لیلایہ ستی چھُ امہٕ کہِ لیکھنُک تارِخ تہٕ سنہٕ دِتھ۔ امی ذٔریعہٕ یعنی ۱۹۷۹ء منٛز ے چھےٚ کتأبی صورتس منٛز شایع کرنہٕ

آہُرٕ ۔ دوٚیٚترٕ ہٕن صفن ہٕنٛز اتھ لوکچہٕ سوٚمبرنہٕ منٛز چھےٚ لیلایو علاوٕ تہٕ مفید زانکٲری ہٕنٛز کینٛہہ کتھ باونہٕ آہِرٕ مثلاً کشیٖرٕ اندر کُمس دیوِیہٕ تہٕ دیوتاسٕنٛد دوٚ کتہٕ تہٕ کرہٕ چھُ مناونہٕ یوان یا پرٛیمی جی سٕنٛدِس پتاجیس متعلق یُس تِمس گورٕ تہٕ اوس متعلق موخصر زان ۔ تتھہٕ پاٹھی چھےٚ یہ کتابہ ہٕن بھکتہٕ بھاوٕ چ شاعری تہٕ بجاے خود سبٹھاہ اہم ۔ امہٕ منٛز کلامُک نموٗنہٕ:

بھکتی ستہٕ یُس کر چانٛیٚ سمرن   تس لگہٕ ماجی یوٗ مسرہٕ تار

تس نجہٕ پانے منہٕ کےٚ ہاوس   بھاوس ماجی وندِیےٚ پران

کلہٕ یوگ ولنےٚ آمُت ماجی   باجی وٕتھ گےٚ اپنِس ستہٕ

پانے موکلاو نتہٕ لگی داوس   بھاوس ماجی وندِیےٚ پران

(روپہ بھوانہٕ آرادھنا)

☆

کارِس تار دِم ہٕیا دیا ساگر   شنکر پنہٕ نےٚ اتھٕ کرٕ کر

سارِنے لوٚ گُمت ہنگہٕ منگہٕ مرمرٕ   شنکر پنہٕ نےٚ اتھٕ کرٕ کر

پرٛی پرٛی سوریوس ووٗنی کوتاہ پرٕ   ہُنٛس پرٛنس وبستار دِم

وتم کتھ پاٹھی ووٗنی اُتھم درٕ   شنکر پنہٕ نےٚ اتھٕ کرٕ کر

(بھگوان شنکرس لیلا)

## ۶۔ آخری ملاقات:

"آخری ملاقات" چھےٚ اکھ مکالماتی نظم ۔ اتھ چھِ ژورن ژورن

مصرعن ہنٛدۍ کلٕ باہ بنٛد۔ اتھ منٛز چھ پاکستانکس اَکس سابقہ وزیرِ اعظم ذوالفقار علی بھُٹوہس تعریف کرنہٕ آمٕژ تہٕ تسنٛزِ آشنِنۍ نصرت بھُٹو چھےٚ پننۍ خیال باوان خاندانس تسکین تہٕ تسلی دِوان۔ اَٹھ بنٛد چھ نصرت بھُٹو سنٛزِ طرفہٕ تہٕ ذوالفقار علی بھُٹو چھ جوابس منٛز پننۍ کتھ باوان گرٕ واجینہٕ دُعا کران۔ یہ یمی سنٛز نظم چھےٚ ۱۹۷۹ء منٛز تسنٛدۍ فرزنٛد رویندر کول روی ین شایع کرٕمٕژ یوسہٕ یہ یمی تمی پنٕن والین منٛز باگراوان اوس۔ نظم چھےٚ ڈلس اَشہ کرن واجنۍ تکیاز ذوالفقار علی بھُٹوس اوسکھ پھاسہِ ہُنٛد سزا بوٗلمُت تہٕ اوسے اوس تہنٛزِ آشنِنہِ نصرت بھُٹو تہٕ کورِ بے نظیر بھُٹو سُنٛد تس سِتی یہ اَخری ملاقات۔ امہِ نظمہِ ہنٛدِس ترجمہِ صفہٕ کس فٹ نوٹس منٛز چھ یہ یمی جین لیوٗکھمُت:

"۳ اپریل ۱۹۷۹ء کوٗر راولپنڈی پھاسہِ کوٹھر منٛز بھُٹوسنٛز آشنِنہِ (نصرت بھُٹوہن) تہٕ تمہِ سنٛدِ کورِ (بے نظیر بھُٹوہن) ذوالفقار علی بھُٹوہس سِتی ترِ بن گنٛٹن اَخری ملاقات تہٕ ۴ اپریل ۱۹۷۹ء راتھ ژہنٛزِ ڈایہ بجہِ آیہ ذوالفقار علی بھُٹوہس (یُس پاکستانک سابقہ پرایم منسٹر اوس) پھاسی دِنہٕ۔ تہٕ یہ نظم چھےٚ ۵ اپریل ۱۹۷۹ء سادٕ ترٕنے بجے راتھ قلمبند کرٕمٕژ۔" وینو کتام چھےٚ یہ نظم کتاب مجرانہٕ آمٕژ نکہ۔ یہ چھےٚ اکھ شایع کرنہٕ آمٕژ نظم نہ زِ کتاب۔ اَمچ اکھ مطبوعہ کاپی چھےٚ مےٚ نش محفوظ۔ نصرت بھُٹو چھےٚ وَنان:

چھُ وۍ کینٛہ تہِ زُلفی ہٕ ژکٕت خوٗن ہاران

چھُ وۍ کینٛہ تہِ آکاش اَچھو رٕ دتراوان

تہٕ گوو کیاہ یوٚدوے ژٕ نیرکھ پرٕس پیٹھ

ژٕ روزکھ عوامس پزٕ نیک گاش ہاوان

ذوالفقارعلی بھٹو ونان:

مے چھے یزٕ ن کرٕن چھم ووٚنی سفرابدی گلن ستین

حسینن، نازنین، مسولن، یمبرزلن ستین

مے روزِ بم من پٲنٕ یُوشانت مے دہن وام جوئے شہریَن

ژٕنے ستین دے، ژٕ نے رٕچھنَے دے ژٕ گوہ پھوٚل مسولن ستین

## ۷۔ پاں ژادر:

سراو شند کولن ہیہی سنٛدبن شایع سپد یمتین سارنے شعر مجموعن منٛز چھُ "پاں ژادر" سرِس۔ معیارتہٕ فنی پوٚختگی چھے امہٕ مجموٗعچ شوٗب۔ اتھ اہم مجموٗعس متعلق چھنے پریمی جیس پانس تہٕ رٕژراے اُشہر۔ "پاں ژادر" شعر مجموٗعہ چھُ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ مالی امداد ستی ۱۹۸۲ء منٛز شایع کرنہٕ آمُت۔ باڈو لحاظہٕ تہٕ چھُ یہ پریمی جی سنٛدبو شایع سپد یمتو شعر مجموٗعہ منٛز ساروے کھوتہٕ بوٚڈ۔ اتھ چھ ۹۳ صفحہٕ۔ کاغذ چھپاے چھس جان تہٕ کتابت خوٗبصورت۔ پریمی جیَن چھ امہٕ شعر مجموٗعہ کِس "زٕے کتھ" عنوانس تحت پیش لفظس منٛز ژھوٚ ڈی پاٹھی وونمُت:

"میانین غزلن نظمن تہٕ نٕژمہ باتن منٛز سومبرٕ ن چھے توبہ بہ دوہہ کنہٕ۔

کہہ ڈٕٹ چھے توہہِ یمن والِمن اتھِ۔ میأنٛی وبدا اکھ میون بٔنن گدرٕن تہٕ میانہٕ شأعری منٛز زندگی ہُند میون وُچھ کیا چھُ۔ تہٕ چھُ بس میأنٛہٕ "پیاں ژادر"۔ اکھ کتھ چھم زبہ چھُس زندگی ہنٛدبن بیٚون بیٚون دولابن منٛز پھٔستھ تہٕ امہٕ منٛز نیرنس سپھل۔ زندگی ہندی رٕتی سوٚپُن وُچھنس آشاہتھ بروٚنٛہہ پکان روٚزمُت۔ بہ چھُس آشاوادی شأعر" (پیاں ژادر: ص: ۷)

"پیاں ژادر" چھےٚ یمی جی نہ کلُہم کلامُک بہترین انتخاب یُس تِمو پانہٕ کوٚرمُت چھُ۔ اتھ منٛز چھِ تمہٕ کینٛہہ غزلہٕ تہٕ شیرٕ پأرٕ گرِتھ شأمِل کرنہٕ آمٕژ یمن مجبورن اصلاح کوٚرمُت اوس حالانکہِ تمو منٛز کینٛہہ غزلہٕ آسہٕ لعبہ بروٚنٛہہ تہٕ شایع گمٕژ۔ "پیاں ژادر" شعرٕ مجموٗعس چھےٚ ژوٚر باگہٕ، غزل، نظمہٕ، واکھ، تہٕ تٕٹکرٕ۔ گوڈنٕچہ باگیہ منٛز چھ ژتجہِ غزل تہٕ یوٚہے چھُ یمی جی سُند کلُہم غزلہٕ سرمایہ۔ یم چھ روایتی غزل گوئی ہٕنٛد نُمایندٕ نموٗنہٕ۔ سہل، لوٚتہٕ وأےٚ تہٕ رواں زبان۔ یمن منٛز چھُ روایتی لب ولہجہ۔ روایتی استعارن ہُنٛد ورتاو چھُ خاص چابکدستی سٟتؠ کرنہٕ آمُت۔ سلاست چھےٚ یمن غزلن ہُند گہنہٕ۔ لول چھُ مرکزی خیال۔ یتھ أندرٕ أندرٕ امی حوالہٕ خیال آفرینی درینٛٹھ گژھان چھےٚ۔ زمینی خسنکی تعریف تہٕ چھُ تمہٕ انسأنی لول، مأےٚ تہٕ پأژیار چھ یسلہٕ باوتھ لبان۔ لفظہٕ تہٕ ژلن ہنٛز تکن گری چھنہٕ کُنہٕ جایہِ نظرِ گژھان۔

☆ بروٚنٛہہ وتہِ شہر تراو تہٕ پکھ یوٚدوےٚ بُتھ چھےٚ واوتہٕ پکھ
☆ ٹھری متہٕ تھوٚو توبأ گرِ ولول متہٕ سہ کھأری تو دوسہٕ دیوار

دِ یے ییلہِ اُسی پتہٕ ورتاوو      وُنی تو کتہِ لگہٕ بجہِ کولہٕ تار

☆ تمی ییلہِ مستس شانہٕ کوٗرُن      مندئمن ہتی سپدیو شام

☆ ربہٕ ہے رٹہٕ ہتھ کرٕ ہے پوٗز      شیرس لاگہٕ ہے کوسم ڈاے

"پاں ژادر" شعرِ سوٗمبرنہٕ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ دِلچسپ تہٕ اہم باگ چھُ نظمن ہُند۔ کُل چھےٚ اتھ منز اُٹھ نظمہٕ: تاج، روٗد جری، بہ ح نہٕ زانہہ، ژےُ گُن، شیشہٕ تھوٗس، اکھ ہتھ، پاں ژادر تہٕ یتہٕ انسانس پانس تام۔ یمہٕ سارےٚ نظمہٕ چھےٚ نظم نگاری ہنٛدِس وانکس منز پرٛیمی سُند قد تھوٗد راوان۔ یمہٕ چھےٚ سارے آزاد نظمہٕ اکھ تہٕ چھےٚ پابند نظم مگر یمن بیانیہ نظمن ہُند اندرٕ ژی آہنگ چھُ روانی تہٕ سازت پادٕ کران۔ اکثرن منز چھُ تکرارٕ ول ورتاوتھ داستانوی طرزِ اظہارس دِلچسپ موڑ دنہٕ آمُت۔ یودوےٚ امہِ قبیلہٕ چہِ نظمہٕ غزلہٕ کہِ انہارٕ تہٕ آکارٕ چھےٚ تہٕ نہٕ پابند نظمہِ ہنٛدِ اتھاتہٕ تاہم چھےٚ یمن وول یکدم امیگ سازت تہٕ روانی محسوس کرتھ سطرِ پتہٕ سطرٕ گنگراونی ہوان۔ غزلن منز گوٗو اَسِتھےٚ نظمن منز چھُ پرٛیمی پزٕ پاٹھی آشاواد دی شاعر بنتھ نیٚبرٕ پاٹھی ووتلان۔ لول، وِشواس، غربا ہنٛدی ستم، نابرابری، سماجی استحصال تہٕ رواداری چھےٚ یمن نظمن منز شاعرلنہٕ باوتھ لبان۔

"پاں ژادر" شعرِ مجموعس منز شامل نظموٗ منزٕ چھےٚ "تاج" سارِوٕے کھوتہٕ مقبوٗل روٗز مٕژ۔ یہِ نظم چھےٚ اردیاہ کال برونٛہہ پمفلٹ کس صورتس منز شایع کرتھ باگراونہٕ آمٕژ۔ اتھ نظمہِ اُس سارِنے مشاعرن منز پرٛیمی جیں

پھرِ پھرِ فرمائش کرنہٕ یوان ۔ اتھ نظمہ منٛز چھُ سبٹھہٕ ہے دِلکش انداز س منٛز مزٛورن کاٚہوٚلرن تہٕ کاسبن ہنٛدِ محنتک تہٕ فنکاری ہنٛد احساسک زِکر آمُت کرنہٕ تہٕ شاعر ہنٛدِس لاشعورس منٛز چھُ ضرور یہ خیال اوسمُت زِ تاج محل بناونس تہٕ امہِ کِس فنس منٛز چھُ کاٚرِ گرن ہُنٛد رَتھ تہٕ گُمہٕ رٕلتھ ۔ خبر یہ ماہیکہِ ساحرلدھیانوی ہنٛدِ یمہِ مصرکٕ پوٚت گمیٚزٕ آستھ

" اِک شہنشاہ نے اپنی دولت کا سہارا لیکر
ہم غریبوں کی محبت کا اُڑایا ہے مزاق "

کینٛہہ تہٕ آسہِ تن پریمی ہنٛز نظم چھےٚ اکھ پوٚختہٕ فنٛی پارٕ یوسہٕ پرِن وٲلس پانس ستی ڈٕہتھ نِوان چھےٚ ۔ نظم چھےٚ داستانی طرزس منٛز شروٗع سپدان۔ بادشاہ سنٛدُ فرمان عام سپدنہٕ پتہٕ مختلف پیٚشہٕ ور سرگرتھ زنتہٕ سفر ہیوٚ پیش کران ۔

قلم ثُل پادشاہن دراو فرمان
ژوپاٚرِ گےٚ کربکھ
حکومژ لرِ پھرنٕ دیُت
خزانن دیار برِی ہتی آسی لوٚکو
یمن گےٚ ٹھانہٕ ڈٕکھ
موٚزوٗرن ستہ شتہٕ اشن لام لٔج بس
دِپانٕ دیار روپھ چھُ تا جس آےٚ دٕستمت
دِپانٕ دیار روپھ چھُ لوٗس لول بوٚ رمُت

دپان دیارو چھ گرٕ منٛز دور کیتاہ

چھُنہ تا جس اَمی موزوٗن تاج دِتھمُت

چھُ راجس اَمی مُوزورن راج دِتھمُت

چھےٚ تا جس سنگ تراشن وأنس وِژہو

چھےٚ فنکارن پننٕ وس گامجو وُچھ

چھُ نزدتان فن چھُنہ میٚزلان پانہٕ فنکار

## (اِقتباس)

"رُوٗدٕ جرٕی" چھےٚ دوٗیم نظم حالانکہ یہ نظم چھےٚ بروٗنہہ "رُوٗدٕ جرٕی" ناوٕک موخصر شعر مجموٗعس منٛز شأمِل سپدِتھ شایع سپُز ہرٕ بلکہِ چھُ تمہِ لوکٹہِ شعر مجموٗعک ناو ے امی نظمہِ ہنٛدِ مناسبتہٕ "رُوٗدٕ جرٕی" تھاونہٕ آمُت۔ تہٕ اتھ نظمہِ متعلق چھےٚ یتھی دپالیس اندر بروٗنہہ کم زیادٕ کتھ کرنہٕ آمٕژ۔

اتھ مجموٗعس منٛز چھےٚ "بہٕ مرنہٕ زانہہ" اکھ انتہائی پُرکشش نظم۔ شأعر چھُ بہ ظأہرِ مران تہٕ تسنٛدِ داہ سنسکارُک چھُ اہتمام ہوان سپدُن۔ لوٗکھ آے ژُستھِ سأری چھِ ودان تہٕ ماتم کران۔ تمن اوس نہٕ بہانے نزٕ یمی مرِ تم أکس ودان ودان دنان زِ سون لولہ ہوت غم خوار مرِ نہٕ۔ اکھ ننوٗ تر ژٕنی أکس دنان پٕ یمی چھُ میون شہلہ گُل۔ اکھ یتیم اوس دنان پٕ یمی چھُ میتا سپ سبے آشونہٕ ے کس ودان پٕ یمی چھُ سأنی آش۔ پھر کہ ہوت تہٕ تبلیو مُت گومُتھ اوس دنان پٕ یمی چھُ سون اُستاد۔ سون استاد مرِ نہٕ۔ أتھی شوروشرس منٛز مُورا!

موردن اُچھ تہٕ دِژن کربکھ ہے بہٕ چھُس زِندٕ۔ پےٚیی مرنہٕ زانہہ۔ بہٕ چھُس
پےٚیم باگراون وول وا! ے ورتاون وول شاعر۔ ژکہ اوس یہ سوٗرے خواب۔
اکھ تخیُلی تصویر۔ یہ لاجواب نظم چھےٚ مخصوٗص داستانٔی طرزٕ کاشُر شاعری منٛزی
اکھ گُلہِ میوٗٹھ۔ امیک نغمگی آہنگ تہٕ لفظٕ ووترٕ تہٕ رواُنی سوٗرے چھُ دلچسپ
تہٕ حاصِل کلام چھُ یہ زِ لول تہٕ لول ورتاون واُلی چھِ امر۔ ییلہِ معاملٕ لولہٕ
واُلِس انسان دوس تہٕ پُرخلوص شاعرٕ سُند آسہِ (حالانکہ اکثر شاعرن تہٕ
فنکارن چھِ یم وصف آسان) تیلہِ چھُ نہٕ مرنٕ کال تام مشان۔ پےٚیی سنٛز
یہ نظم "بہٕ مرنہٕ زانہہ" چھےٚ باوان زِ شاعر تہٕ فنکار چھُ ہمیشہ زِندٕ روزان۔
یتھ جایہ چھُ نوم سطرٕ لیکھن واُلِس بنٛمی دوش سُند اکھ خاص افسانہٕ "میون
مرُن" یاد پیوان۔ سُہ تہِ چھُ افسانُس اندر پنُن شریر تہٕ اونُک خیاٗلی واقعہٕ
باوان تہٕ سوٗرے بوزان یہ تم سنٛدی واُرِث وَنان چھِ۔ تم چھِ شوٗس واہ
سنسکار کرنہٕ برونٛہہ وراثتہِ باگراوُنی ہوان تہٕ شوٗ چھُ اُچھ مٔژراوان۔

"اکھ راتھ" نظمہِ منٛز چھُ اَکِس غریب شخصٕ سُند دِلِس سنٛہ وٗن حال
شاعرانہٕ باوتھ لبان۔ ژھینہِ پہرِ منٛز عیال ہیتھ روزن وول شخص چھُ دوہس
محنت مزوٗری کران تہٕ شبس پہرِ منٛز لرٛ تژاوان۔ گریشمہِ کالس منٛز لوٗگن اکہِ شبہٕ
زوردار روٗد سوٗرے ووتھ ژھینےٚ ژٔتھ پہرِ منٛز۔ معمولی گرٕ وِٹھ یوسہٕ تتہِ آس
گٔیہ برباد۔ عیالس پیوس بندٕ رٕواو۔ شاعر چھُ اتھ نظمہِ منٛز امہِ واقعہٕ ہکہِ حوالہٕ
سمٲجی نابرابری اقتصاٗدی استحصالُک ستھ گرٕ تھٲ آخری بندس منٛز وَنان:

لیس نہ بھنس جاے آرامس تمس آرام کیا

پی سوراں اندری نیھرٕ، کٔز تام نیٚک گاش آو

گوڈ مے نیر تھ یارٕ اڑ بے وایہ گاشس کنٕ وچھتھ

سیر واو اُسن مہ اُسن کانٛسہٕ یارو ڈیر واو

"پاں ژاور" شعرٕ مجموعہ منٛس تہ تمٛس یابس منٛز چھہِ داہ واکھ تہ ژوٚرِ مس بابس منٛز ژون ژون سطرن ہنٛز کینٛہہ موخصر نظمہٕ یمن تمہ "تنۍ ٹکر" ناو کورمُت چھُ یم چھہ واکھس ناکھہ ٹکرہ واکھ چھہنہٕ تہ رباعی تہِ چھہنہٕ تہ شاید مارو زِ یمن "ژُ مصراعے" وُنُن مُناسب ٹکر یم چھہ چُست تہ مارٕ مٛنٛدی۔ یمن چھہ زندگی ہنٛدی تجربہ ژوٗمراٗتھ۔ پُرسچھُ یہ زیوہے شعرٕ مجموعہ چھُ پریمی سُند پنُن انفرادی شعرٕ اسلوٗب کھرٕ کران۔

☆☆☆

(۲)

# غاۤرمطبوٗعہ کاۤشر شاۤعری

## ا۔ میاۓنی مدشالا:

یہ چھےٚ ژُنمتھن شعرن پیٹھ مشتمل ژھوچہ بحرِ منز اکھ رواۓنی داۓر نظم۔ یوٚسہ وُنہِ مسودس منز چھےٚ۔ مسودٕ کوٚ ژم پریمی سنٛدِ بوٚئرنہٕ نندومرحمت۔ اتھ منز نہ چھُ کُنہِ جایہ تخلیق کرنہٕ پتہٕ تہٕ نقل کرنہٕ پتہٕ تاریخ دِتھ کُنہِ کُنہِ جایہ چھُس ووزجہ میلہِ ستی معموٗلی اصلاح کرِتھ۔ باسان چھُ یہ ما آسہِ پریمی جی نہ اتھ لیکھتھ تہٕ رٕژھراۓ دِتھ۔ یہ چھےٚ اکھ مثنوی چالہِ نظم تکمر مثنوی چھنہٕ۔ اَتھ منز چھ پریمی جین کُھلہٕ ڈُلہٕ پاۓٹھی۔ تہٕ باوتھ کرمژ۔ اتھ نظمہِ متعلق چھےٚ رتن لال شانتن تفصیلہٕ سان مناسب راے باوٕمژ:

یہ نظم چھےٚ مشہوٗر ہیندی شاعر ہرونش راے بچن سنٛز ہرِ وُحریر نظمہِ "مدھوشالا" (مطلب شراب خانہ) ستی متاثر گژھتھ لیچھمژ۔ تکمر پریمی چھُ اتھ "میاۓنی" وٕنتھ ہمہِ نش الگ کران حالانکہ یتھ اندرتہِ چھُ سے پاغام یُس

ہُتھ اندر چھ ۔ سُہ گوٚو یہِ زِ امیری غریبی ذات پات تہٕ مذہبی تفرقہٕ چھنہٕ رٕژ انسانیٔژ ہُنْد کانْہہ وصف ۔ انسانیت چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ درم ۔ یتھہٕ کنہِ شراب خانس اندر ساقی کانْہہ بُلن وِرتاونہٕ ورأے سارِنے اکی مایہ تہٕ محبتہٕ سان چاوان چھُ تتھے کنہِ پزِ اسہِ سارِسے انسان ذاتھ اکی تہٕ خدایہٕ سنٛز تخلیق مانِتھ سارِنے انسانن برابر لول بَرُن ۔ "مدٕشالا" لفظ چھُ ہندی "مدھوشالا" ۔ ہندِ یس منز کوٚر یہِ (یعنی شراب خانہٕ) مرکزی خیال بناوِتھ صرف اکہِ شاعرن شعر تخلیق ۔ تہٕ کیازِ اردو روایتہٕ مطابق اُسی شراب ، شباب ، ساقی ، قہوٕکر ، واعظ ، تہٕ ناصح شاعرہٕ ہندی سولبہٕ پیکر بروٚنٹھے استعمال سپدان ۔ یمن ہندی بلو اسطہٕ یا بلاواسطہٕ اشارٕ اُسی شاعرِ دوان تہٕ مشاعرن منز ہرہٕ وِ ہریٚز سپدان ۔ اردو تہٕ فارسی روایژ کنہِ اُسی نہٕ یم اشارٕ یا تصوُر کاشرِ شاعری خاطرٕ تہٕ کانْہہ نوبر تھاوان ۔ پٕرٕ یمی چھُ "میأنی مدٕشالا" نظمہٕ منز ہندی بیچ روایت کاشراوٕنی یِژھان ۔ روایتہٕ تہٕ نہٕ کینْہہ صرف اکِس ہردِلعزیز شاعرٕ سُنْد سِلسِلہٕ ۔ اَتھ چھنہٕ سو اہمیت ۔ وۄں گوٚو امہِ بہانہٕ چھُ پٕرٕ یمی یکسانیتچ تہٕ برابری ہُنْد درس دِوان تہٕ سوٕے چھےٚ اتھ اہمیت ۔ (۷)

یہٕ خوبصورت تہٕ طویل نظم چھےٚ یمو شعرو ستی شروٗع سپدان :

| | |
|---|---|
| ولٕہ یارٕ ژلو یتہٕ دوٗر ژلو | ولٕہ یارٕ اژو مدٕشالایہٕ منز |
| ییتہٕ انسان انسانس زاگان | ییتہٕ آدم مانو پئشی لاگان |
| ییتہٕ پنڈِتھ اُپزِ وو پدیش کران | ییتہٕ واعظ یڈ ہُنْد دبہٕ دبہٕ نان |

أسی کیازِڈلو أسی لول برو — وولہٕ پریمیا نترٕ مدشلایہِ منز

تہٕ یمن شعرن پٮ۪ٹھ لۄکٕٹان:

وولہٕ أتی ژٹو تفریق دِلن — وولہٕ أتی نے چھمو بے وایہِ گُتُل

وولہٕ أتی ونو شۄچھ سمسارس — وولہٕ أتی نے سموأسی یارٕنی از

وولہٕ زِندٕ تھو وأسی زندٕ زگتھ — وولہٕ پریمی نترٕ مدشالایہِ منز

## ۲۔ آلتھ

''آلتھ'' چھُ کمزور کاغذس پٮ۪ٹھ ترٛبن نظمن ہُنٛد اکھ مسوٗدٕ۔ ''زٕ کتھٕ'' عنوانس تحت پٮ۪یش لفظ چھُس ژورن صفن پٮ۪ٹھ۔ گوڈنکس صفن پٮ۪ٹھ چھُس انتساب وِنزلیہِ پال پینہٕ ستی لیکھتھ:

''دۄن ناٹھین رفیقن ہنٛدِ ناو

۱۔ایم۔ایم۔کاظم صأبس (ڈپٹی ڈایریکٹر ایجوکیشن کشمیر)

۲۔ایم۔وے۔شاہ صأبس (جوائنٹ سیکریٹری بورڈ آف سکول ایجوکیشن کشمیر) یِم منے از تام آے پۄژ لول برالن۔ پریمی۔''

پٮ۪یش لفظس منز چھُ درج زِیمہٕ نظمہٕ لیکھنٕک وجہ چھُ زِ ذولفکار علی بھٹو ہس پھأسی دِنہٕ ستی تہٕ مکہ شریفس منز بیت اللہ شریفس نعوذ باللہ ستی بے ادبی کرنہٕ ینہٕ کِنی سپٕد شاعر اوزٕرد۔ اکھ نظم لیچھن ''آخری ملاقات'' یوسہٕ پمپھلیٹ کس صورتس منز شایع تہِ کٔرن۔ مگر یتھ مسودس منز چھُ امہٕ نظمہٕ ہُنٛد

صرف گوڈنیگ منز لیکھتھ تہ یا تہ نظم درج کرنہٕ خاطرٕ چھ شےٚ صفہٕ کاغذ خأ لی تھاونہٕ آمتۍ شاید پتہٕ پہن درج کرنہٕ۔ یا پتھ یہِ نہٕ پتہٕ بعمل یتھ چھ ہیوٚ کمُت۔ لہٰذا چھ یہِ مسوٗدٕ اڑ لیوٚکُے روٗ دمُت۔ مسودس منز چھےٚ دوٚیم مکمل نظم ''دسیچ وتھ'' یتھ منز مکہ شریفس تعریف چھ کرنہٕ آمتۍ تہٕ خاتم الانبیا حضرت محمد مصطفیٰ صلی علیہ وسلم سٕندی وصف باونہٕ آمتۍ چھِ تہند تھز رتہٕ بجر وننہٕ آمُت چھُ تہٕ کعبہ شریفس سیتۍ بے ادبی کرن والین لعنت سوزنہٕ چھےٚ آمژ لعنہٕ طعنہٕ کرنہٕ چھکھ آمُت۔ امہِ نظمہ ہنٛد ڈکشن چھُ سُے یُس پریمی ین پننہٕ نظم نگأری منز قأیم کورمُت چھُ (۸)۔ تریٚیم نظم چھےٚ ''گُنی کتھ''۔

مندرأ آہٕ ئتنا یا گردوار      چرچ درگاہ یا وِہار
مسجد ؤلٕ یا دربار      دھرمن سارن نمسکار

مسودس چھ کُل ۳۲ صفہ یمن منز شراہ صفہٕ خأ لی چھ۔ مسودٕ چھُ عید میلاد النبی کہ مبارک دوہہ ۱۹۸۰ء منز تحریر آمُت کرنہٕ۔ یہِ تأرِیخ چھُ خود پریمی ہنٛدِ اتھ یُس ووٗنی گہہ چھن ین ہیوٚ تمُت تہٕ مسودٕ تہِ چھُ تہندے قلمہٕ لیکھنہٕ آمُت۔

## ۳۔ پریمی سٕندی واکھ:

کأشرِ زبأنی منز چھےٚ لل دیدِ پتہٕ واکھ لیکھنٕچ روایت برابر قأیم واریہو شأعرو چھ واکھ لیکھمتۍ تہٕ تہٕ لیکھان تہِ چھ۔ سرواننٛد کول پریمی تہِ روٗد

واکھ لیکھان تہٕ پننہِ نمن واکھن منز نہ صرف سرساو بر، بھکتی، عقیدٕ تہٕ عقیدت بلکہ گوٗرُ سنز عظمت یاوان بلکہ زندگی ہنٛدی کٔڈرٕ تہٕ کرٲٹھی تجربہ تہٕ پیش کران۔

اکہِ مسودٕ کۍ ژور صفہٕ گری مے پرٛیمی جی سنٛدبن فرزندن نش حاصل۔ یمن پیٹھ ۳۲ واکھ درج چھِ۔ مسودٕکس گوڈنکس صفس پیٹھ چھُ پننس لہٕ ستی یہِ تہٕ لیکھتھ زِ "میانۍ واکھ چھِ تقریباً کاشتھ تہٕ انگریزی زبانہِ منز چھس لیکھتھ زِ یم واکھ چھ وُنی کینہہ چھاپ خانس منز"۔ نمونہٕ:

گور گرٕ ھ زانُن گور گرٕ ھ مانُن
گورس پانو واتکھ کوّت
گور گرٕ ھ پوٗز وتہٕ ہاوکھ زانُن
گورٕ وتہِ پکہٕ نس پننہٕ ہسکھ پوٗت

☆

ؤنی ؤنی گرٕ ھان چھے کُنہ پتہٕ یے
اُتی یے کونے پرٕ زان چھکھ
کُتی کُتی گرٕ ھان چھے اکوٗتے
ادٕ کونہٕ پانس پرٕ وان چھکھ

## ۴۔ آرادنا:

"آرادنا" چھے ۱۰۸ شعر واجینٛی اکھ چُس تہٕ رواںٕ نظم۔ پرٛتھ شعرٕچ

زمین چھے اکاۓ۔ اکی ہے وزنس منز لیکھنہ آمژ یہ نظم چھنے پوٚژ سنزن لنا پابند نظمن منز خاص تہ نمایندہ۔ "آروِنا" ناوِ نشے چھُ معلوم سپدان زِ یہ چھے عقیدتی نظم اتہ ماجہِ دیوی ہنز چھے اتھ منز آرادنا کرنہ آمژ۔ تمس چھنے پُرٛتھ بوزنہ آمژ۔ تسُند بجرتہ چمتکٲری کمال بیترِ چھُ وۄکھناونہ آمُت تہ شاعر چھُ پوٚز بھکتی بنتھ ماجہ دیوی ژ اِیر پارِ کران تسُند آشروادژ هاران تہ اَہی منگان۔ وپان چھس بہ چھس چونے اولاد میون ژ اِیر پارِ بوز۔ نظمہِ منز چھُ زمانہ کہِ ستمک تہِ اشارِ، درمس پیٹھ ادرمک غلبہ سپدنک اشارِ تہ اپہ ادن پیٹھ چھے معافی منگنہ آمژ۔ ژ تووٚہن صفن ہنٛدس اتھ مسودس پیٹھ چھُ انٛگریزی پاٹھ پریمی سنٛدِ قلمہ اکیہ۔ تاریخ تخلیق اپریل۔ مئی ۱۹۸۷ء لیکھتھ سہ تہ آخرس پیٹھ چھس یہ تہِ لیکھتھ زِ یہ نظم آیہ پانژمہ جلبے ۱۹۸۹ء دُبچہِ ڈایہ بجہِ پیٹھہِ شام پیٹھہ پانژِ بجہ تام دوٚ بارِ لیکھنہ۔ مسودِ چ فوٹوسٹیٹ کاپی وُچھ مے تہ مسودِ چھُ صحیح حالتس منز۔ نظم چھے یمو شعروٚ ستی شروع گژھان:

بہ آس آرداناِ چاٲنی کرنہِ ماٲجی
وتھر چاٲنی بالہِ نائے ہرنہِ ماٲجی
ژ روزم ماٲج سنموکھ داٲنہِ باوے
بہ روزے ماٲج سنٛدِ ھان وونہِ باوے
بہ لاگے بھکتہ کوسم ژاٲرِ ژاٲری
چھلے بو پاد ماٲجی بوز زاٲری

تِہٕ ۂنِد چھےٚ داتان یِمن شعرن پێٹھ:

مےٚ اَٹھم ورتھ چھُ دوزٕ دٕت دِیان چونے
سہایک مأج ژٕرے تھوٚ دِیان میونے
مےٚ یِتھ شاسس ووشناکٕرِس ناو چونے
مےٚ پوشن مأج ہرٕ دیٖس یاو چونے
بہٕ پریمی سرٕو آننٛد مأج آمُت
بہٕ چونے ناو ہێتھ دربار ژامُت

## ۵۔ سوٗرٕ ہٕس گُن:

سۆرٕ چھُ لداخ علاقُک اکھ مشہوٗر دریاو۔ سروانند کولؠ پریمی سٕنٛدِ بن قلمی مسودن منٛز چھےٚ اکھ خوبصورت نظم یتھ ناو چھُ ''سوٗرٕ ہٕس گُن''۔ مسودٕ چھُ ژٕتی پأٹھی سنمبھالتھ۔ صفہٕ چھس ارداہ۔ پریمی سٕنٛدِ قلمہٕ چھُ وٕٹھین حرفن منٛز مروجہ رسم الخطس منٛز۔ پرتھ صفس پێٹھ چھس پانژٕ پانژٕ شعر۔ تتھہٕ پأٹھی چھُ نظمہٕ ہٕنٛدِ بن شعرن ہُنٛد تعداد نمتھ داتان۔ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھےٚ عبدالاحد آزادنۍ نظم ''دریاو'' اکھ یادٕ اہم نظم تتھ منٛز چھُ پریمی سٕنٛزِ نظمہِ منٛز چھےٚ یہ فرق زِ آزادنۍ نظم چھےٚ زوردار اندازٕ انقلابس نِرآکہٕ دِنہٕ باپتھ تتھ منٛز چھُ دریاوُک طم طراق، زور دِتھ نِندگی ہنٛدِ ستار کرنہٕ دۆہ پراہتہٕ پریمی سٕنٛزِ نظم چھےٚ روأنی دار ضروٗر مگر طم طراق چھس نہٕ۔ اتھ منٛز چھُ سۆرٕ دریاو علامت بنأوتھ پریمی ین

أتھی کُن وٕنتھ پٔنُن دود بوومُت۔ یہ چھُ اتھ کرگلکٕ زِکرکران اتھ کتھہ پأٹھی پیوٚ کرگلس ناوتھ کُن تہٕ اشارٕ کران مہاتما بُدھ تہٕ بودھ متک تہٕ زِکر کران تہٕ کلھم پأٹھی سوٚرُے دریاوس وننان زِ ژیوٚت یوٚت واتکھ لولک ، برادری تہٕ رواداری ہُند پأغام ہتھ وأتی زِ۔ دراصل چھُ یہ دریاوُک یہ صفت نمایاں کرنچ کوشش کران زِ دریاو چھُنہٕ پننہٕ نس تہٕ۔ یہ دِس منز فرق کران سُہ چھُ سارنے ترٛیش کاسان تہٕ سأراب کران تی چھُ میون مشن تہٕ مقصد أمی مشٕنن واتنوٗس بہ تھزرس۔ آزادیٔ اَس مذہبی منافرتس، سماجی نابرابری تہٕ نااتفاقی ستۍ نفرت۔ دریاو نظمہٕ منز چھےٚ تمی ریمہ کتھہ تہٕ سبٹھاہ شدت تہٕ فنی پوختگی۔ سان باوِ مژ

سنہر وو گنیار بٔٹھی تے بیرٕ ڈینشتھ جیرٕ چھُم یوان
کنٔہ یکسان چھُس ژھاران لاران یوٚت ماراتھ پان
توے چھُس آب اَستھ وارٕ تُلہ وبن تبگلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن منزلن اندر

(دریاو: عبدالاحد آزاد)

سرواتھ بوان یہ یمی سُنٛد پیغام تہٕ چھُ یتھے تسنز نظمہٕ منز چھنہٕ شدت تتھ چھُ لہجہ نرم تہٕ بیان سوٚت۔ اما پوٚز روأنی زیر۔ یہ یمی سنٛز نظم چھےٚ یمو شعرو ستۍ شروٗع گژھان:

مرحبا چانس جونس مرحبا — مرحبا کرٕ گلی سوٚتونس مرحبا
مرحبا دورٕن دوٗن چون مرحبا — مرحبا تھزرس وٚسن چون مرحبا

زندگی چائنی دۄردوراصُبح شام          زندگی چانئز آدنے چھے بےآرام

تہٕ اند چھے دٲستان یمن شعرن پیٹھ:

والہٕ رۄس بے وایہ انڑ پریمی نژان

چانٔی پاٹھبن لولہٕ گے مس بأگران

دون دِلن ہُند واتھ یودوے روزِ ہے

لول حسنس ڈالہِ لولا سوزِ ہے

کرژ بس پریمی سبٹھا زٹھیو کھ وۄنی

بس سۄرۄہس کرنمسکاراژ وۄنی

کھس ژ ہیۄرتے بٕڈیہ سبٹھاہ ہیورنیرنۄن

کرژ پریمی دور زگتس ہیٖر بون

اتھ مسودس چھے ۱۶ جون ۱۹۸۹ء دوبہ پریمی سِنٛدِ اتھ قلم ڈٲلتھ نظرِ ثانی تہٕ کرنہٕ آمژ۔

☆☆☆

## حاشیہ

(۱) شری راجیندر پریمی تہ رویندر روی جی بن چھُ یہ سنہٕ مے تحریری اُفراہم کوٚرمُت۔

(۲) یہ چھُ آیہ یمہٕ موادٕ کراپھہ کِس دوٚیمِس بابس منٛز درج کرنہٕ۔

(۳) روٗدٕ جٔری: ص: ۲۰۔

(۴): شیرازٕ: مہجوٗر نمبر ۱۹۸۵ء۔ کلچرل اکاڈمی سری نگر۔

(۵) امیک اِشارٕ چھُ رتن لال شانتن ساہتہ اکاڈمی ہِندِ اہتمامہٕ شایع سپدمتِس پریمی ینٛدِس تعلق موادٕ کراپھس منٛز دیُمت۔

(۷) سروانند کول: موادٕ کراپھ۔ مرتب: رتن لال شانت۔ ساہتہ اکاڈمی۔ ص: ۴۷۔۴۸۔

(۸): ''بے ادبی'' کیا اُس شپٕز ہُو تمیُک چھُنہٕ تفصیل دِنہٕ آمُت۔ یا پیش لفظس منٛز چھُنہٕ آمُت لیکھنہٕ زِ بے ادبی کُر یا گموٚ اُس کرہٕ یتہٕ کیا بے ادبی اُس سپٕز مٕژ۔

(۴)

# ترجمہٕ کارٕ پریمی

سروانند کول پریمی اوس اکھ تہِ کھوتہٕ زیادٕ زبانہٕ زانان۔ اکھ تہِ أسِس کینژن زبانن پیٹھ استادانہٕ مہارت۔ اوے گوس تہٕ ترجمہٕ کٲری ہنٛدِس مُشکل کارس یُس پننہِ نےٚ شوقہٕ مٕژہِ ہیوٚتُن ویتر اونس تہٕ بعمل انہٕ نس منٛز گوبر تہٕ مُشکل۔ تِمی چھِ دو پرٕ زبانو پیٹھہٕ باسے سنسکرت زبان چھےٚ ہیٚندی زبان چھنےٚ یا انگریزی کینہہ نہٕ ترجمہٕ کأشرِ تہٕ اردو زبأنی منٛز کری متیٚ۔ ترجمہٕ چھےٚ کرتھ کأم أسی تھےٚ وٗں ییاٚ منظوم ترجمہٕ کرُن آسہِ سہ چھنےٚ زیادے کرتھ۔ پریمی جین چھ منظوم ترجمہٕ تہِ کری متیٚ تہٕ نثرس منٛز تہِ۔ وٗں گوٚو تم سأری چھِنہٕ شایع سپدیمتیٚ۔

(الف) پریمی سنٛدی شایع سپدیمتیٚ منظوم ترجمہٕ:

## ا۔ شریمد بھگوت گیتا:

اتھ پوٚوتر دھارمک کتابہٕ کأشُر منظوم ترجمہٕ کرنک خیال اوس سروانند کولس پریمی یس کھسہِ ونہٕ جوٲنی منٛزے آمت۔ حالانکہ سہ اوس ۲۳ وہُر ییلہِ

۱۹۴۷ء منز گیتایہ ہنز گوڈنچ ادھیائے کاشُرس منز منظوم کرٕن۔ اتھ پتھ روٗد سُہ کٲم کران تہٕ ۱۹۵۹ء تام کوٚرن شیٚن ادھیاین (بابن) ہُنٛد منظوم ترجمہ مکمل تہٕ اٲٹھ ؤرِیس منز کوٚرن یہ ترجمہ دون حصن منز شایع۔ امابوز نوم حرف لیٚکھن وٲلِس سپدٕ نہٕ یہ ترجمہ دستیاب۔ تاہم دِژم گوڈنچہِ ادھیایہ ہنٛد ترجمچ فوٹوسٹیٹ کٲپی پریمی جی نو فرزند وِیس مےٚ وُچھن بُرونٛہہ کنہِ چھُ۔ رتن لال شانتن یمس شینہٕ وُنی ادھیاہن ہُنٛد چھاپی بُرونٛہہ کنہِ اوسمت چھُ چھُ اتھ ترجمس متعلق لیٛوکھمُت:

''گوڈنچہِ ادھیایہِ منز چھےٚ اتھ ترجمس واریاہ خٲمیہ موجوٗد یمہ ستی مہ ادھیایہ منز ریاتہ چھنہٕ بیاتہٕ چھےٚ کم گامژ۔ باسان چھُ ۵۹۔۱۹۵۸ء منز پیٚلہٕ پریمی جی ین یمہ شینہٕ وے ادھیایہ یکجا چھاپہٕ تِس اوس خٲمین ہُنٛد احساس۔ مےٚ نش یوسہٕ کاپی چھےٚ (شاید چھےٚ یہے اکھ کاپی خود ترجمہ کارس نش تہٕ آسمژ۔) تتھ چھُ چھاپمتین اچھرن تہٕ بعضے مکمل مصرعن پتھ میلہِ قلمہٕ ستی اصلاح کرِتھ۔ بھگوت گیتا چھنہٕ مؤلہٕ شاعری ہنز کتاب یتھ کاشُرس منز منظوم شکلہِ ترجمہ کرُن سہل آستھ ہیکہِ۔ امہِ خاطرٕ چھےٚ زیادٕ کوہنہ مشتق تہٕ زیادٕ تجربہ کار شاعر آسن لازمی۔ شاید اگر پریمی جی حال حیات آسہِ ہے سُہ ماکرہے امیگ نوٚو ایڈیشن اصلاحو سان تیار تہٕ پتہٕ شایع۔'' موٗلو کراپھ: ساہتیہ اکاڈمی۔ ص: ۵۶۔۵۵)

بھگوت گیتایہ ہنٛدِ گوڈنکہ بابک یُس مسودٕ مےٚ فراہم کرنہٕ آوتھ ستی

چھُ اکھ مضمون تہٕ نٔتھی کٔرتھ یُس پریمی جی نہ اتھہِ لیٖکھنہٕ آمُت چھُنہٕ۔ باسان قلمہٕ
پیٹھ کنہِ چھُس پیٚنسلہٕ ستۍ لیٖکھتھ "چھاپ طلب" گۄویہ چھُ تمام اصلہٕ پیٹھہٕ
نقل کۄرمُت۔ گوڑنکین شین صفن پیٹھ چھُنہٕ نہ اصل لیکھن والۍ سُند ناو تہٕ نہ
نقل نویس سُند۔ تمہٕ لیٖکھس پیٹھ ناو "بھگوت گیتا اکھ اِتہاس اکھ درشُن۔" بیٚین
ترٛبن صفن پیٹھ چھُ اکھ بیٚاکھ مضمون لیٚکھنہٕ آمُت چھُس "بھگوت گیتا کیا چھےٚ" تہٕ أکس
کۄنس پیٹھ لیٖکھتھ "از سرواننٛد کول پریمی"۔ یمو صفون منٛز یتھ جایہِ اکھ اقتباس
نقل کرُن روزِ شاید مناسب۔ یتھ وٕنس تل تہٕ روزتہٕ محفوظ تہٕ:

"بھگوت گیتا چھےٚ ارداہ ادھیایہ ستھ ہتھ شلوٗک۔ یہ چھےٚ گیتا نُک اکھ
بوٚڑ پارٕ تہٕ سنبٹھاہ سۄن سامگرٛی۔ مہرشی ویدویاس یمس ویاس بگوان کرشن
دوٚیپاین تہٕ چھِ وَنان تہٕ یِمو مہا بھارت اِتہاس ورأے ارداہ پۄران تہٕ چھِ
لیٖکھمتۍ چھِ بھگوت گیتا یہ ہنٛدۍ لیکھن والۍ۔ ویدویاس چھُ بھگوت گیتا یہ ہُند
رٕچوش۔ ارزن دیوس چھُ یودِھشٹرس منٛز أژی تھےٚ کورون ہنٛدِ طرفہٕ لڑن
والین منٛز پننۍ ساری بأے باندو، گرو، بب، مام، ۂہر ڈینشتھ وُدأسی یوان تہٕ
گانڈیو تال ولان۔ یوٚت زِنہ چھُ بگوان کرشنس صاف انکار کران۔ ارزن
دیو چھُ اکھ اکھ پرٛشن کران تہٕ کرشن دوتر دِوان تہٕ سأری بھگوت گیتا چھےٚ
یمن دون ہُنٛدٕ سے پرٛشنہٕ دوتر۔ بھگوت گیتا چھےٚ گیانک تہٕ شاسترک بنڈار۔
کرمہ، گیان تہٕ بکھتی ہُنٛد پۄز تہٕ تھۄد ووپدیش دِوان۔ یہ چھےٚ أکس آلرٛٹھس
تہٕ نکامیس کرمہٕ یوگی بناوان" (غأر مطبوعہ اقتباس) بھگوت گیتا یہ ہُنٛد ترجمک

نمونہ

پرٛسن سپدٕم مےٚ من کیا بأے مأرِتھ
تیم حأصل مےٚ کیا کورو متأوِتھ
زنار دھن ون مےٚ مأ اُخر کھسن پاپھ
شترٕ مأرِتھ تہٕ روزِم ستی ماشاپھ
پٕنٛز مأرِتھ چھُ من کوٚ شانت روزان
پٕنٛز اُستھ چھُ روزان زہٕ سو کھہٕ سان
ژٕہے مادو وٕنم اِد کیا یہ چھا جان
پٕنٛز چھِم بأے کورو کو کڈِتھ پران

## ۲۔کوشُر رامایَن:

کوشُر رامایَن چھُ سروانند کول پریمی سُنٛد اکھ قابلِ تعریف کارنامہٕ۔ مہابھارت تہٕ رامایَن چھِ زٕ بڈی رزمیہ نامہٕ۔ رامایَن چھُ سارِوٕے برونٛہہ مہرشی والمیکی ین سنسکرتس منٛز تمہِ پتہٕ تُلسی داسن برج بھاشایہ منٛز لیوٗ کھمُت۔ یمنے آو بیین زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ کأشرِ زبأنی منٛز تہٕ چھُ رامایَنس کینٛژو شأعرو منظوٗم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ امہِ پوٚز شایع چھُ سپدمُت صرف پرکاش رام بھٹ کُری گأمی سُنٛدِ پیٚت ترجمہٕ۔ گوڈنیتھ سپدُ یہ رامایَن ۱۹۱۰ء منٛز شایع۔ ۱۹۱۵ء پتھہٕ نور محمد اینڈ سنٛز اشاعتی فرمہ تمہِ یہ لیٚتہِ چھاپ تہٕ ۱۹۳۰ء منٛز کوٚر جارج

ابراہم گریرسنن رایل ایشیاٹکہ سوسایٹی آف بنگال کہِ طرفہٕ رٛومن خطس منز
شایع۔ گریرسنن اوس یہ بزم تامہٕ تقریباً نصف ژھوٗٹر وومت ۔ ۱۹۶۵ء منز
ژٕرپرکاش رامُن رامائن۔یتھ لوکش ژرہت سان الہ پلہٕ دۄن ستوٗ وہ شتھ
شعر چھ ریاستی کلچرل اکاڈمی شایع ۔امہِ کہ ترتیب دِتھ وتچ کام چھےٚ پروفیسر
جیا لال ناتھ پنڈتہ تاہن نبجام دژمٕژ ۔امہِ برونہہ شایع سپد یمتین رامایٔن منز اکس
اکس منز ۲۵۴۰ شعر تہ بیٚیس منز ۱۱۳۷ شعر۔ یتھ پأٹھی چھےٚ پرکاش رام نہ
راماینچ شعر گرنہ پروفیسر جیا لال ناتھن پٔزٕر تحقیق کٔرتھ کٔرمٕژ ۔اماپوٚ زیمن شعرن
منز چھنہٕ لیلاین ہنٛز کانٛہہ شأمل ۔ پرکاش رامن چھےٚ اتھ رامایٔنس منز واریاہ
لیلایہ شأمل کرِمژ یمہٕ کہ پانہٕ تخلیق کرمٕژ چھےٚ مگر واریہہ طویل لیلایہ ستی چھ
داستانکس بہاوس تہِ ٹھوٚر آمٕت تہٕ داستانکہ باڈوتہ کتہِ کور ہُر یومت۔

پرکاش رامنہِ رامایٔنہٕ پتہٕ چھُ سرواننٛد کول پریمی سُند رامائن اکھ ہتھ تہٕ
زٕوٗری گوٚہتھ شایع سپدُمُت۔ پریمی سُند کوشُر رامائن آو ۲۰۱۲ء منز ریاستی
کلچرل اکاڈمی ہنٛد مألی اتھواسہٕ ستی راجندر پریمی سنٛدِ ذریعہٕ شایع کرنہٕ۔
پریمی جیس اوس واریاہ کالہٕ پیٚٹھہٕ رامائن کاشرِس منز منظوم کرنک خیال یُس
تہہنٛدِس نٕژس فرزند راجندر پریمی سنٛدِ ونہٕ کنی ۱۹۹۰ء منز عملی شکل ہیٛتھ تکمیلس
ووت۔اماپوٚ زامہِ کہِ شایع سپدِ تہٕ برونہہ اوس پریمی جی سورگواس سپدُمُت۔
حالانکہ یہ رامائن چھُ تمی پھری پھری شیوٗ رمٕت تہٕ اکھ پونٛتہٕ ژُن پارٕ بنوومت۔ ۳۱
جنوری ۱۹۹۰ء دوہہ چھُنس معنہِ سوو پیش نظر تہٕ پانے لیوٚ کھمُت۔سرواننٛد کول

نموٗنہٕ

پرٛسن سپدِ بم ہے من کیا بأے مأرِتھ
تیم حأصل ہے کیا کورو مثاوِتھ
زنار دھن ون مے ما اَ خرٕ کھسن پاپھ
شِتر مأرِتھ تہٕ روزِہم ستی ماشاپھ
پٛنٛز مأرِتھ چھُ من کوٚ شانت روزان
پٛنٛز اُستھ چھُ روزان زٕ ہو سوکھ سان
ژٕ ہے مادو وُنم اِدٕ کیا یہ چھا جان
پٛنٛز چھِم بأے کورو کو ٹھ پران

## ۲۔ کوٗشُر رامایِن:

کوٗشُر رامایِن چھُ سروانند کوٗل پریمی سُند اکھ قابلِ تعریف کارنامہٕ۔ مہابھارت تہٕ رامایِن چھِ زٕ بڈی رزم نامہٕ۔ رامایِن چھُ سارِوٕے برٕونہہ مہرشی والمیکی ین سنسکرتس منٛز تمہٕ پتہٕ تُلسی داسن برج بھاشایہ منٛز لیوٗکھمُت یمنٕے آد بیٚین زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ کأشرِ زبأنی منٛز تہٕ چھُ رامایِنس کینژٕ وشاعرو منظوٗم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ اماپوٚ زشایع چھُ سپدمُت صرف پرکاش رام بھٹ کُری گأمی سُندے یوٚت ترجمہٕ۔ گوڈنچ سپدُ یہ رامایِن ۱۹۱۰ءمنٛز شایع۔ ۱۹۱۵ء پتہٕ نوٗر محمد اینڈ سنز اشاعتی فرمہ تمہٕ یہ لٹہٕ چھاپ تہٕ ۱۹۳۰ءمنٛز کوٚر جارج

ابراہم گریرسنن رایل ایشیاٹک سوسایٹی آف بنگال کہِ طرفہٕ رۄمن خطس منٛز شایع۔ گریرسنن اوس یہ رزمہ نامہٕ تقریباً نصف زٕہنٛدٕ وومُت۔ ۱۹۶۵ء منٛز پرکاش رامُن رامایِن یتھ لوکُش ژرہت سان الہٕ پلہٕ دۄن ستوٕ وہ شتھ شعر چھہ ریاستی کلچرل اکاڈمی شایع۔ امہِ کِہ تمبہ پتہٕ وتِچ کأم چھِنے پروفیسر ملبجی ناتھ پنڈتہٕ تاہن تجام دِژہمژ۔ امہِ پرٕ وٕنہہ شایع سپد یمتِس رامایِنس منٛز آسی اکس منٛز ۲۵۴۰ شعر تہٕ بٔییس منٛز ۱۱۳۷ شعر۔ یتھہٕ پأٹھی چھِنے پرکاش رام نہ رامایِنچ شعر گنڈنہٕ پروفیسر ملبجی ناتھن پۄرٕ تحقیق کٔرتھ کٔرمژ۔ اما پۄز یمن شعرن منٛز چھنہٕ لیلاین ہنٛد ذکرٕ شأمل۔ پرکاش رامن چھےٚ اتھ رامایِنس منٛز وارِیاہ لیلایہ شأمل کرِمژ یمہٕ تِمو پانہٕ تخلیق کرمژ چھےٚ مگر وارِیاہو طویل لیلایوٕ ستیٚ چھ داستانکس بہاوس تہِ ٹھۄر آمُت تہٕ داستانٕچ باڈوتہِ کتہِ کورہِ یومُت۔

پرکاش رامنہِ رامایِنہٕ پتہٕ چھُ سروانند کول پریمی سُنٛد رامایِن اکھ ہتھ تہٕ زٕوری گوھتھ شایع سپدُمُت۔ پریمی سُنٛد کوشُر رامایِن آو ۲۰۱۲ء منٛز ریاستی کلچرل اکاڈمی ہنٛد مأli اتھواسہٕ ستیٚ راجندر پریمی سنٛدِ ذریعہٕ شایع کرنہٕ۔ پریمی جیس اوس وارِیاہ کالہٕ پیٹھہٕ رامایِن کأشرِس منٛز منظوٗم کرنک خیال یُس تہنٛدس زٕٹھس فرزنٛد راجندر پریمی سنٛدِ وننہٕ کنہِ ۱۹۹۰ءس منٛز عملی شکل ہیٚتھ آو تہٕ تکمیلس ووت۔ اما پۄز امہِ کِہ شایع سپدنہٕ برونٛہہ اوس پریمی جی سورگواس سپدُمُت۔ حالانکہ یہ رامایِن چھُ تِمو پھِری پھِری شیوٚرمُت تہٕ اکھ پونٛتہٕ فٔرتھ پارٕ بنوومُت۔ ۳۱ جنوری ۱۹۹۰ء دوہہ چھُنس معنہِ سوو پیٚش غلطہٕ پانے لیوٚکھمُت۔ سروانند کول

پریمی ین چھُ تُلسی داسُن رامائین یَس وَنہ کنہٕ ژَتھ اتھ کۆشُر ترجمہٕ کۆرمُت۔ یہ چھُ
پرکاش رامنہٕ رامائنہٕ کھوتہٕ مُختصر مگر چُست تہٕ رواں۔ اتھ منز چھ مساسا ساڑھ
باہ شتھ شعر۔ سیدِ سیۆد چھُ عام فہم تہٕ سلیس یہ چھُ دوہدِ شرک لفظہٕ ووتُر
استعمال کُرِتھ داستانک تہٕ ضمنی واقعاتن ہُند زبڈ ژٔلروان وول ژھوٹ
ژھوٹ بیان۔ یہِ ژھوٹرن چھےٚ پۆر ووستادِلہٕ سان بارسٔس انِنہٕ آمژ۔ عام
کأشرِ استعارہٕ تہٕ قابلِ فہم تشبیہہ شعرن ہنز روانی تہٕ بابن ہٕندی ژھوٹی ژھوٹی
خوش یونی معنہٕ ساوی عنوان چھ اتھ رزمیہ تہٕ عشقیہٕ داستانس زبردس دلچسپ
بناوان۔ اکھ خوبی چھےٚ زِ اتھ منز چھ تعشوق تہٕ جنگ جدال تہٕ۔ میانی کنہِ چھےٚ یہ
مثنوی پریمی جی نہ کلہم کأشر شاعری منز سرس اوموکھہٕ نہٕ زِ یہ چھُ دھارمک
داستان یا اتھ منز تعشوق تہٕ رزم یقین تہٕ شمک زندگی ہنز خوبصورتی تہٕ
ناہمواری مُرن تہٕ امر سپدُن بلکہ امہ کِہ تخلیقی تہٕ تخیُلی صورتِ حال تہٕ بنداوِ کنہِ
بلکہِ چھِ یم اکھ اُکس متضاد معاملات امہِ چہ دلچسپی تہٕ خوبصورتی منز ہُر بر
کران۔ پریمی جین چھ ساری کردار پۆر پاٹھی ووتلاوِتی اکھٕے چھن نہٕ یہ
داستان تہٕ امکی کردار زنگہ یا ژھوچوبے ضرورتھ لیلاہو ستی گۆبرومُت۔ دون
ہتن صفن پیٹھ واشرتھ ''کوشر رامایَن'' کتابہ ہُند گیٹ اپ تہِ چھُ زند کاغذ تہٕ
معیاری تہٕ چھپائی ترتیپوزنک چھس خوش یونی۔ مُروجہ رسم الخط چھس درُست۔

دون رامائین ہٕندی زِ نمونہٕ چھیم:

## شرپہ نکھ سزادین:

ڈنڈک ون منز ژٹکھ اٗخرِ بہنہ جاے
دوہہ اکہِ راژسا لارن توتے آے
گرِتھ رِتی وِہو وُچھتھ سیتا روٹن غم
دوٗپن مٗشرِتھ نِمس بہ تھا دِمس برٛم
دوٗپس تٗمی رامہٕ ژندرن رچھ پنٕن دل
دوٗیم نیتھر کرُن اسہِ نِش چھُ مٗشکل
دوٗپس تٗمی رامہٕ ژندرن لکھمنس ون
یوہے بوزِ یوہے تھاوی کتھن کن
وری یودوے ژنے لکھمن تس چھُ آسان
وِنی ہے یچھ ژ چھکھ اِد رچھ پنٕن پان
دوٗپن لکھمن جُوس گن بوز میونے
ژ نے بوزکھ بہ لاگے زوٗنہ گژوئے
ووندس یِی گوس ووٗنی سیتابہ مارن
سو مارِتھ آسہ نم ییم پتہٕ لارن
وُچھن یٚیلہِ رامہٕ ژندرن کیا گیس راے
ژٹنس نس ژج یارو دوان دراے

وونُن وتہِ کھردوس لارن یودس آو
وُچھتھ بُتھ رامہٕ ژنْدرُن زن نہٕ ژاپاو
(کاشُر رامائن: پرکاش رام کرٛی گامی۔ ص۔۸۴)

شرٛپنکھ کتھا:

دوہا سپدیو اماراکھیس کنیا اکھ
سبٹھاو سوٗندر شریرس بس دِوان دکھ
یہ اُس شرٛوپہ نکھ اُس راوٕنٕنۍ کوٗر
یہ اُس پھیران ونن منز دوٗرتے دوٗر
یتھے کُٹیایہ نش وٲژ رام ڈیوٗٹھُن
منس لٔج گرٲے تس زن کام ڈیوٗٹھُن
ووٗنُن رامس بہ چھس سوٗندرے بر لول
مے ووت ییٚکال ژھانڈان چھم گومُت ہول
وونُس رامن ویواہ کورمُت مے چھم جان
مے چھم سیتا پٔتنۍ ترٛے ستی پوٗز مان
پٔتن چھم بوے لکھمن نیتھ روٗستے
تمِس وان پانہٕ یودوے مانہِ پیے سے
نکار دوشوے اُمِس کوٗرژکھ امِس کھۄ

بنوُون رٕپھ وکراِل کرُوٗدٕ ہٕش مُش

ہیوٗتُن سیتایہ لاٗرُن کرُوٗد کھوٗرُن

اَما گوٗو رام کوت سنہٕ وارٕ ژھوٗرُن

یپاٗرٕ لکھمن سبٹھاہ کرُوٗدی سپٔدُن بیام

ژٕٹن اِدٕ نس تیتھے اُمی شروپہٕ نکھہ تام

(کوٗشُر رامایِن: سروانند کول پریمی: ص ۱۰۸)

ب: پریمی سُندی شایع سپدیمتۍ نثرٕکی ترجمہٕ:

ا۔ گیتانجلی:

گیتانجلی چھےٚ رابندرناتھ ٹیگورسٕنزٕ بنگالی زبانی منٛز تخلیق کرنہٕ آمژٕ نظمن ہنٛز سومبرن۔ اتھ سوٗمبرٕ نہ چھُ ۱۹۱۳ء منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔ کاشُر زبانی منٛز کوٗراتھ دوٚیو شاعرو ترجمہٕ اکھ چھُ موتی لال ناز تہٕ دوٚیُم سروانند کول پریمی۔ دونوٗنی ہنٛدی ترجمہٕ چھ شایع سپدۍ متۍ۔ (نازنٕند ترجمہٕ گوٚو نہٕ دستیاب) مگر پریمی سُند کوٗرمُت ترجمہٕ چھُم برونٛہہ کنہِ۔ پریمی جین چھُ گیتانجلی ہنٛزن سارِنۍ اکھ ہتھ تہٕ ترٛینہٕ وُنی نظمن ہنٛزن منٛز ترجمہٕ کوٗرمُت یُس کتابی صورتس منٛز ۱۹۷۵ء منٛز شایع چھُن کوٗرمُت۔ اتھ سوٗمبرٕ نہ چھ ۱۲۶ اصفہٕ۔ کاغذ چھُس کمزورٕ مگر کتابت چھُس جان تہٕ رسم الخط صحیح۔ ترجمہٕ یودوے نثرس منٛز چھُ توتہِ چھُ پرٛتھ نظمہِ منٛز بیانُک بہاو پاٗدٕ کرنُک پلہٕ کرنہٕ آمُت۔ خوش

یُون تہٕ عام فہم شرچھِنہٕ پریمی جین ورتومُت ۔ ہر گہہ زن گیتا نجلی کاشرس منز تارٕنی ۱۸۷ یاہ مُشکل اوس توتہٕ چھِ پریمی جی ین کامیاب کوٗشش کٔرمٕژ ۔ اتھ ترجمس متعلق چھِنہٕ ترجمہٕ کارن لیوٗ کھمُت :

"مےٚ چھےٚ پننہِ پأرٕ سبٹھاہ کوٗشش کٔرمٕژ زِ ٹیگور سُند تھوٚد فلسفہٕ گوژھ موٚدرِ سیٚزِ تہٕ ساد زبأنی منز پھرنہٕ ین ۔ سبٹھاہ روٗحأنی تہٕ پرمارتھکی گنڈ چھِ گیتا نجلی منز ژھنہٕ آمتی یم مےٚ وارٕ وارٕ مُوراونٕچ کوٗشش کٔر ۔ خیالن تہٕ پہن چھنہٕ پننی کٔنی کانٕہہ پھرتھُر کرنہٕ آمُت ۔ زبان موٚدر بناونہٕ خأطرٕ چھُ کُنہِ جایہ اچھرن رژھاہ ہیرٕ پھیرٕ کرنہٕ آمُت ۔ تہٕ ٹیگور سٕنزِ زبأنی منز ۔

یتھ دِویہ منز اوس مےٚ دبابہ وانِگ کار
مٹہ کھوٚتمُت مےٚ وول یہ کار کار نکھہٕ یتھ
ہیوٚکُم تہٕ توگُم ۔"

(گیتا نجلی: سرواننّد کول پریمی: ص: ۱۱-۱۰)

پریمی سٕنڈ ترجمک نموٗنہٕ چھُ یہ:

یمی شری راز گٔرٕ سُندی پلوژھنتھ پٕنٕن پان پأروتہٕ نألی ژھنٕ موکھتہٕ مال ۔ سُہ چھنہٕ پننہِ گندِنگ ہبکان حظےٚ تٔلتھ تمِس چھُ یم پلوپدِ پتھ پدٕ ٹھوٗر کران ۔

سُہ چھُ پلوژھنہٕ تہٕ لوٗھہِ ستی ملتی گوژھنہٕ کہِ یمہٕ

ستی سارِنے نِش دۄر روزان تہٕ پھیرنس تہٕ تھورنس تہٕ
چھس یو ہے ٹھوٗر۔

مأج! یِم اُپٕز ڈُھری چھِ چانہٕ رٕژِ میٗژِ نِش دۄر
تھوان یوٗ دیِم چھِ انسانہٕ سِنٛدِس
یتھ کھیلہ مأدانس منٛز اژنہٕ نِش وأنٛژان تیلہِ کتھ یِم بکار۔
(گیتانجلی: اُٹھِم نظم)

## ج: روٗسی پادشاہ کتھہٕ:

شُربن ہٕنٛزٕ پانٛژھ یاہن روٗسی لُکہٕ کتھن ہُنٛد کأشُر ترجمہٕ کوٗر سروانند کول
پریمی یَن ۱۹۸۹ٕ منٛز شایع۔ اتھ موخصر ڈلیلہٕ مجموٗعس چھُ ناو "روٗسی پادشاہ
کتھہٕ۔ صفہٕ چھِس ۱۰۳۔ یہ مجموعہ چھُ ہِند۔ روٗس اتھہٕ واسس تحت لیٚکھنہٕ
آمُت۔ اماپوٚز انتساب چھُس نہٕ درُست۔ کتابہِ ہٕنٛدِس گوڈٕ صفس پیٹھ چھُ
لیکھتھ:

"روٗسی کأشربن کأشرِ مایہِ برٕژ ڈألی" یٚیلہِ زن بُنیادی طوریہِ روٗسی
شُربن ہٕنٛزٕ کأشربن شُربن ہٕنٛزٕ پانٛژھ اکھٕ زبرڈألی چھےٚ۔ پریمی جیٚن چھےٚ یِمہٕ
روٗسی لُکہٕ کتھہٕ "سوویٹ لینڈ" رسالہٕ پیٹھہٕ ترجمہ۔ سوویٹ لینڈس چھلہٕ گرٛھنہٕ
یِوٕنہہ اوس یہ رِسالہِ ہندوستانس منٛز مختلف زبانن منٛز چھپان۔ تہٕ دِلچسپی سان
پرنہٕ یوان۔ یِمن لُکہٕ کتھن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ پریمی جین سبٹھاہ سہل لو تہٕ وأے تہٕ

مزٕدار کأشرس منز کوٚرمُت۔ پریمی جی چھ لیکھان:

"یمہٕ کتھہٕ باسے مےٚ ژھوچہٕ تہٕ موچہٕ وزن دار تہٕ سہل۔ پرتھ کُنہٕ کتھہٕ چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ اکھ سبٹھاہ موٗلُل سار (Moral)۔ اکھ ہشر باسیوم کشیرِ ہنزٕن پرٕیہِ کتھن تہٕ لُکہٕ کتھن تہٕ روٗسی پرٕیہِ کتھن تہٕ لُکہٕ کتھن منز۔ امی ہشرن دیُت مےٚ یتھ خیالس زنم زِ بہ کرٕ ہا روٗسی لُکہٕ کتھن کأشرِ زبأنی منز ترجمہٕ۔ مےٚ کوٚر سیٚد سیوٚد انگریزی پیٹھہٕ یہ ترجمہٕ" (روٗسی پادشاہ کتھہٕ: ص: ۹،۸)

پریمی جین چھُ بڈٕ احتیاط سان یہ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ سارنےٚ ڈلیلن پیٹھ چھُ نہ صرف موٗلہٕ کأشرن لُکہٕ کتھن ہنٛد بروٗنت گژھان بلکہ چھےٚ کینٛہہ عأن غأن کأشرٕ ے باسان زنتہٕ کأشرِس ماحولس منز پأدٕ گمٕژ۔ پرتھ کانٛہہ ڈلیل چھےٚ کینٛہہ نہ کینٛہہ رُتُے سبق دِوان۔ پریمی سنٛزٕ یہِ کأم چھےٚ تعریفن لایق ڈلیلن ہنٛدی عنوان چھِ یِم: کأونی تہٕ ہوٗس۔ گنٛڈ۔ مہ اُپرِ بڈٕنی۔ کریسی کوٚٹ سُنٛد کھٔ۔ سہہ تہٕ خرگوش۔ بد ذاتھ داے تہٕ زار کوٗ۔۔ مہ ارِ ہُنٛد پٹھہٕ درٕ سہہٕ۔ چالاک لوٗس۔ أکی کٹیرن کتھہٕ ہیچھِ نووزار سبق۔ دانأئی تہٕ دولتھ۔ بٔجِ نانہِ ہنٛدی ستھ پوتھرٕ۔

غأر مطبوٗعہ کأشری ترجمہٕ:

پریمی سنٛدبن فرزندن ہُنٛد وُنن چھُ زِ تِمی آسہٕ روٗسی شأعر الکزانڈر

پُشکِن سٕنٛز کینٛہہ نظمہٕ تہٕ کأشرِس منٛز پھرِ مژ یِمن ہُنٛد قلمی مسوٗدٕ تِمن نِش موٗجوٗد
چھُ۔ امہِ علاوٕ چھےٚ یِہ یِمی جِیِن پورانو منٛز تُلتھ کینٛہہ کتھہٕ تہٕ کأشراوِ مژ۔ وٕ پان
اتھ مسودس پننہٕ ناو "سانہِ کتھہٕ" تہٕ منسوٗب۔ چھُ یہ مسوٗدٕ" ستی سرچہ ریٚش وارِ
منٛز روزن والین کأشرِ بن ہٕنٛدٕ ناوٕ" کرنہٕ آمُت۔ پُشکن سٕنٛز نظمہٕ تہٕ سانہِ کتھہٕ
دونوے مسوٗدٕ گےٚ نہٕ مےٚ دسیاب وُں گوراینٛدٕ یِہ یمی بن کوٗرٕ "سانہِ کتھہٕ"
مسودس منٛز شأمل کتھا بن ہُنٛدٕ فہرِست فراہم کتھا یہِ چھےٚ یِم:

أکس پزمہٕ ہمسہٕ سٕنٛز کتھاہ، أکِس سرفہٕ سٕنٛز کتھاہ، کتھاہ بھیشم پتاما
سٕنٛز، شری رام ژندر نی کتھاہ، کتھاہ راز ہری ژندرنی، اکھ کتھاہ گانٛدھاری ہٕنٛز،
دان وِیر کرن سٕنٛز کتھاہ، کتھاہ دھرم راز یودھشٹر تہٕ ہوٗنی سٕنٛز، کورو پانڈو کتھاہ،
کتھاہ برتری ہری سٕنٛز۔

☆☆☆

# بھگوت گیتایہ ہُنٛد اردو ترجمہٕ۔

سروانند کول پریمی ین چھُ بھگوت گیتایہِ اُردو زبانیٛ منٛز منظوٗم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہٕ کوٚر تِہندِ سورگہ واس سپدنہٕ پتہٕ تِہندٮ۪و فرزند راجندر پریمی ین ۲۰۰۹ منٛز شایع۔ بھگوت گیتایہ چھِ کُل ارداہ ادھیاے (باب)۔ سبٹھاہ محنت تہٕ صبر کٔرِتھ چھُ یمن سارنۍ بابن ہُنٛد مکمل منظوم اردو ترجمہٕ اکس ہتس تہٕ داہن صفن پیٹھ حاوی۔ کتابہِ چھِ ۳۲۹ صفہٕ۔ باقے دون ہتن تہٕ کنٛوہن صفن منٛز چھُ بھگوت گیتایہِ متعلق تفصیل درٕج۔ اتھ کتابہِ چھے ژور باگہٕ۔ گوڈنچہِ باگہٕ منٛز چھ اتھ متعلق ژوٗوہن عالمن تہٕ ادیبن ہنٛز رایہِ درٕج کرنہٕ آمژ۔ بوزوے تہٕ بیکر تاثُر دِتی چھنہٕ کتابہِ ہُند مول تہٕ معیار ہرُنس پیٹھ کانٛہہ اثر پیوٗمُت تکیازِ امیُک مواد، متن، زبان تہٕ بیان چھُ بذاتِ خود معیٲری تہٕ موٗلُل۔ دوٚیم باگ یُس دراصل کتابہِ ہنٛدِ اصلی گوڈنیُک باگ مانہٕ ییہِ تہٕ یُس تفسیر کارتہٕ ترجمہٕ کارہٕ ہنٛدِ محنتُک تہٕ علمُک نتیجہِ چھُ چھُ تمہیدی تہٕ وضاحتی مضمونن تہٕ تفسیرس پیٹھ مبنی۔ ۴۶ ہن عنوانن تحت چھ اتھ منٛز مختلف موٗضوٗع وِیژھناونہٕ آمتی مثلاً کیٛنہہ عنوان چھِ یم:

بھگوت گیتا میں اعادہ۔ بھگوت گیتا میں تاریخ اور فلسفہ، گیتا میں کتنی

ہیں۔ سات اشلوکی گیتا۔ کہانی کوروُں اور پانڈوُں کی۔ شری کرشن کی زندگی
کے مختصر حالات۔ مہابھارت جنگ میں کرشن کا حصہِ۔ بھگوت گیتا کے ظہور کی
تاریخ۔ کچھ یگ اور کاپ سے متعلق۔ اٹھارہ کا مخفی عدد۔ بھگوت گیتا میں
یوگ کا فلسفہ۔ بھگوت گیتا میں کرم کیا ہے۔ مہابھارت کی کہانی۔ کچھ کھیوںنی
کے بارے میں۔ دروپدی کنتی اور گاندھاری کی کہانیاں۔ بھیشم پتاما، کرن،
یدھشٹر کی کہانیاں، مہابھارت جنگ اور کشمیر۔ بھگوت گیتا کے کردار۔ شجرہ
نسب۔ بھگوت گیتا کی اٹھارہ ادھیاوں کا خُلاصہ۔

ترجمس یاگس منز چھُ بھگوت گیتا یہ ہُند منظوم ترجمہٕ۔ کینژہ ولغزشو
باوجود چھُ یہ ترجمہٕ وارِیاہ کامیاب۔ بھگوت گیتا یہ ہُند فلسفہٕ اردو شعرن منز
پھُرن اوس تہ سہل نَمہ پریمی جین چھُ پوٚرٕ پاٹھی یہ فلسفہٕ قابلِ فہم زبانی منز
پھُیر مُت تاہم چھِ بقول رتن لال شانت پریمی جیس کینژہ لغزشہِ روزمژٕ۔
"کردارن ہنٛدۍ ناو چھِ لیکھنے بدلاونہٕ یا ژھوٹہٕ راوِتھ لیکھنہٕ آمتۍ یتھ
وزان برابر سپدِ۔ مثلاً ناو چھُ دِھرشٹ دٔیمن" لتہِ چھُ اِرمست دیمن" گژھان۔
"سُبھدرا" چھُ "سوبھدرا" بنان۔ "سایتکہِ" چھُ "ساتکی" تہٕ دِھرت راشٹر"
بیترٕ۔ اتھ چھُ شعرکۍ وزن تہٕ اچھرن ہُند تعداد نہ یادٕ اہم بنیمتی کینژہ تکنیکی
الفاظ چھُ مؤلہٕ شکلہِ منزٕ تھونہٕ آمتۍ۔ کُنہِ کُنہِ چھُن لفظ، جُملہٕ اڈٕ یا محاوٕر
ہُر راوِتی۔ وزن برابر کرُن چھُنہٕ غلط، یوٚدوے سُہ ہُر برشعرٕ کس موٚڈس تہٕ
مفہوٗمس دوٗر آسہِ ہےنہٕ مگر مؤلک لفظ یا محاوٕر ترٛاوُن چھُ غلط۔ یتھ ترجمس

چھپے یُتھہ خامیہِ واریاہ کم (سروانند کول پریمی، ممنونِ گراف، ساہتیہ اکاڈمی)۔

میانہِ خیالہِ چھُ یہ کامیاب ترجمہ تہٕ پریمی سنٛز کاشرِ پتہٕ اردو زبانیٖ پیٹھ پوٗرٕ دسترس تہٕ قدرُتھ آسنک ثبوٗت۔ تاہم اوس سُہ موادٕچ نوعیت تہٕ موٗلہٕ زبانیٖ ہُند احساسی لفظہٕ ووٗتر نظرِ تل تھاوِتھ بعضے ہندی تہٕ سنسکرت لفظ ورتاونس پتھ تہٕ مجبوٗر۔ یوٗسے ترجمہٕ چھُ تمس اہم ترجمہٕ کارن ہنٛدِ تگہِ منٛز جاے دِوان تہٕ قدوقامت ہُرراوان۔ ترجمک نموٗنہٕ:

آتما پیدا نہیں ہوتی کبھی مرتی نہیں
جسم میں آکر بھی یہ ہرگز کبھی سڑتی نہیں
آتما کو جینا اور مرنا نہیں یہ جان لے
جسم فانی آتما فانی نہیں یہ مان لے

☆

پھینک دے کپڑے پرانے جیسے کوئی آدمی
اور نئے کپڑے کرے پھر زیبِ تن آخر وہی
آتما بھی اس طرح سے اِک جسم کو چھوڑ کر
پھر نئے جسموں کو دھارن کرتی ہے وہ بہرہ ور

☆

آگ آتم کو جلا سکتی نہیں کٹتی نہیں
ہتھیار سے ہرگز اور پانی سے بھی گلتی نہیں
(دوٗیم ادھیاے)

فرض تکمیل کو پہچان لے اے ہوش مند

کرم کرتا تو چلا جا نیک ہو اے خردمند

بے عمل مت بن عمل کر فرض کو پہچان لے

بے عمل جو ہے وہ مُردہ بس یہی تو جان لے

نیک اعمالوں سے ارجن دیوتا ہوں گے پرسن

دیوتا ہوں گے پرسن پھر جیو بھی ہوگا مگن

ایک کا جو دوسرے سے آپسی شُبھ کام ہو

دیکھ ارجن پھر تُمہیں حاصِل بڑا سکھدام ہو

(تریتیم ادھیائے)

یہ یمی جی یَن چھُ یمن والین ہنٛدِ سہولیتہٕ خاطرٕ ترٛ بن ہتن لفظن تہٕ الہ پلہٕ پاٹھہٕ بن اصطلاحن ہُنٛد اکھ فرہنگ تہِ یتھ کتابہ منٛز شامِل کوٚرمُت تہٕ اُخرس پیٹھ چھُن مختلف زبانن ہنٛدٕ بن رسالن تہٕ کتابن ہُنٛد زِ اکھ فہرست درج کوٚرمُت یمن ہُنٛد استفادٕ کرِتھ بھگوت گیتایہ ہُنٛد یہ ترجمہٕ تہٕ تفسیر تیار کوٚرمُت چھُن اتھ فہرستس منٛز چھ ۱۶۱ کتابہٕ درج۔ پانے چھُ ننان زِ یہ یمی چھُ یتھ کتابہِ منٛز تحقیقک ترجمک تہٕ عقیدُک پوٚرِ پوٚر حق نکھہٕ والان۔ یہ ترجمہٕ چھُ تسنٛد کارنامہٕ۔

ل: شردھانجلی:

۳۱ اکتوبر ۱۹۸۱ء دوہہ آیہ ہندوستانچ سابقہ وزیرِ اعظم شریمتی اندرا

گانٛدھی (۱۹۱۷-۱۹۸۴ء) قتل کرنہٕ۔ پرٛیمی جیٖن لیٚچھ "شردھانجلی" عنوانہٕ اندراجی ہٕنٛدس قتلس متعلق کاشرِ زبانِ منٛز اکھ نظم۔ یوسہٕ نہٕ دستیاب سپٕز۔ اما پوٗز تتھ نظمہِ چھُ پرٛیمی جیٖن اردوٗ زبانہِ منٛز ترجمہٕ کوٗرمُت یُس شرٛہن صفن ہٕنٛدِس پمپھلٹس منٛز یکم نومبر ۱۹۸۴ءکیٚت شایع چھُ سپدُمُت۔ نظمہِ چھ ۶۴ شعر۔ امہِ آزاد ترجمک نموٗنہٕ چھُ حاضر:

موت سے تیری یہ دیش زندہ تو ہے
نام سے تیرے یہ قوم تابندہ تو ہے
گو اکیلی اندرا آخر چلی
آتما اس کی ہمارے ساتھ ہے
روپ اس کا ہے چراغِ پُرضیا
ہر لفظ ہر لمحہ جو رہبر بنا
ایک سچی طاقت پرواز ہے
اور عقیدت اس کی بس پُرناز ہے

☆☆☆

(۵)

# اردوزبانۍ پریمی سُند دیُت

سروانند کول پریمی اوس کاشرِ زبانۍ ہنٛز ترقی کانچھان۔ ماجہِ زبو آسنہٕ کنہٕ وس اتھ سمبٹھاہ لول بران۔ شاعری تہٕ نثرُک بسیار سرمایہ کوٚرُن تخلیق اما پوٚز یاتہٕ ترجمانہٕ تہٕ آسہ تِمس ناچھہٕ۔ تمہِ لیوکھ باقی کینژن زبانن منٛز تہٕ۔ اردو زبانۍ منٛز کرِن شعرگوئی تہٕ تہٕ نثر نویسی تہٕ۔ اردوٗ ہس تہٕ چھُ تسُند وارہ دیُت۔ اتھ منٛز چھِ ترجمہٕ تہٕ کری متر تہٕ ذات نامہٕ تہٕ لیکھی متر۔

## ۱: شایع سپدیمتی ذات نامہٕ:

۱: شری الکھ ایشوری صاحبہٕ یُمس کاشری پاٹھی روپہ بھوانی وَنان چھِ متعلق چھےٚ پریمی جین ہوخصر سوانحی تذکرہن پچھمٕ۔ ژکہِ چھےٚ یہ تذکرہن ہندی زبانی منٛز مگر شایع چھےٚ کرنہٕ آمُت اردو رسم الخط منٛز۔ بوزوے تہٕ اچھ زبان چھےٚ رلہٕ ملہٕ ہندی۔ اردو۔ اتھ چھ ۲۳ صفحہٕ۔ شایع چھےٚ آمُت کرنہٕ شری الکھ ایشوری صاحبہٕ ٹرسٹ نواکدل سری نگرکہِ اہتمامہٕ جنوری ۱۹۵۹ء منٛز۔ اتھ منٛز چھِ روپہ بھوانہٕ ہنٛزِ زندگی ہنٛدی حالات تِمس متعلق زبانۍ روایژ تسٕندی چمتکار بیترِ درج۔

ب: میرزٕ کاک اوس سنٛت تہٕ کوٚکرناگس نکھہٕ ہانگل گُنڈ گام اوس تسُند جائے ولادت۔ ہانگل گنڈٕ اوس پرٛیمی جیس ہوٚوُرتہٕ۔ میرزٕ کاک یودوے مروجہ دُنیاوی تعلیم حاصل اوس نہٕ کٔرتھ ہیوٚکمُت مگر سُہ اوس بقول جیالال کول ناظر اکھ "پرسد مہاتما"۔ میرزٕ کاک اوس گیانی تہٕ تسُندی واکھ چھِ سبٹھاہ اہم مانٛنہٕ یوان یمن منٛز چھِ کاک جی سُندی روٗحانی تجربہٕ باوتھ لبان۔ پرٛیمی جین لیوٚکھ روٗپ جوانہٕ ہٕندِ ذات نامہٕ پتہٕ کاک جیس (مرزٕ کاکس اُسی لوٗکھ کاک جی تہٕ کاک صاب تہٕ ونان) متعلق مُختصر سوانحی تذکرٕ چھ بُنیاد مقامی روایژ چھےٚ۔ یہ سوانحی تذکرٕ چھُ سلیس اردو زبانی منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھُ کاک جی نٛن روٗحانی چمتکارن ہُند تفصیلی زکر تہٕ۔ پیش لفظ چھُس پروفیسر جیالال کول ناظرن لیوٚکھمُت۔ یتھ منٛز کاک جی نٛن واکھن ہُند تھزر بجر تہٕ باوَنہٕ چھُ آمُت تہٕ پرٛیمی جی نہٕ کامہٕ ہٕندی تعریف تہٕ کرنہٕ آمٕژ چھِ۔ کاک جیَس متعلق یہ سوانحی تذکرٕ اوس گوڈنیتھ ۱۹۶۰ ءَ منٛز شایع کرنہٕ آمُت۔ امیُک دوٚیُم ایڈیشن کوٚر راجندر پرٛیمی یَن ۲۰۰۷ءَ منٛز شایع۔ اتھ منٛز چھِ کُل ۳۰ صفہٕ۔ ترٛبن صفن پیٹھ چھُس میرزٕ کاکٕنۍ کینٛہہ واکھ درج تہٕ گوڈنکین اُٹھن صفن پیٹھ چھُ پبلشر سُند نوٹ، جیالال کول ناظر سُند پیش لفظ تہٕ گوڈنکہِ ایڈیشنک "دو باتیں" عنوانس تحت پرٛیمی سُند لیوٚکھمُت پیشِ گُفتار۔ یتھ پاٹھۍ چھُ اصل متن صرف ۱۹ صفہٕ۔ امہٕ مُختصر سوانحی تذکرُک کین عنوانن ہُند فہرست چھُ یہ:

پیدائش اور بچپن۔ بھگوتی کی کرپا۔ واپس بھائی کے پاس۔ بیگار اور

پھِر بھگوتی ۔ گوٚرمُت پل ۔ یہاں بھی اور وہاں بھی ۔ گانگل ۔ بگہٕ ڈجی ۔
رامانند بھی آیا ۔ للیشور کے درشن ۔ گورو دیکھشا ۔ انتقال ۔

۱۹۶۰ءَس منز میرزٕ کاکُن موخصر ذات نامہ شایع گرِتھ آو سروانند کول
پریمی یس تسنٛد کلام یکجا کرِتھ شایع کرنٕک خیال ۔ بیٛیہ اُس میرزٕ کاکنین
شُشن ہنٛز تہٕ بیٛیہ تسنٛد کلام گوٚڈہ چھاپی صورتس منز دستیاب روزُن ۔ یہِ کامٕ
کُر پریمی جین موخصر وقتس منز تہٕ ژھونٛڈ ژھاںٛڈ دِتھ یہِ کیٛنژھاہ کلام یا تھیوس
تہٕ کوٚرُن یکجاہ ۱۹۶۳ءَس منز کرِن ۳۲ ہن صفن پیٹھ مشتمل کتابہِ ہن شایع ۔
اتھ چھِ صرف شےٚ صفہٕ اردو زبانی منز تہٕ باقی چھِ صرف واکھ یم کاشرِ چھِ ۔
یمن واکھن گوٚڑھ اردو ہمس منز ترجمہٕ آسُن کرنہٕ آمُت یہ نہٕ تس بعمل آمُت چھُ ۔
گوڈنکین صفن منز چھُ میرزٕ کاکس متعلق موختصر سوانحی نوٹ کردرج ۔ کتابہِ چھُ
ناو "کشمیر کی ایک برگزیدہ روحانی ہستی ، واکھیہ ہائی میرزہ کاک (صاحب)"
مختلف بابن ہنٛدی عنوان چھِس یم :
پہلی بات مختصر حالات زندگی ، واکھیہ ( کلام ) بھنگ بیچھن نام رامہٕ
رامے (۳۵ واکھ ) ۔ بھنگ رب صاحب پرپہ جی (۴ واکھ ) بھنگ تیٛتھ
ورمے دِتم دیوو (۸ واکھ ) ۔ بھنگ توشہِ ہم اکہِ وبنہٕ پوشے (۵ واکھ ) پریمی
چھُ لیکھان :

"سوامی جی کی سوانح عمری شایع ہونے کے فوراً بعد ہی مجھے اُن کے
کلام کو کتابی صورت میں شایع کرنے کے لئے برابر اصرار ہوتا رہا اور

میں نے کام کو ہاتھ میں لیا۔ میرا خیال تھا چیدہ چیدہ واکھوں کو اِکٹھا کیا جا کر ہر ایک واکھ کا ساتھ ساتھ سلیس ترجمہ اور وستار پوروک تشریح بھی کیا جائے۔ مگر کئی وجوہات اور مشکلات کی بنا پر اس وقت سوامی جی کا کلام اس صورت میں کتابی شکل اختیار نہیں کر پایا۔ اس لئے فی الحال مشتے نمونے از خروارے کے طور پر ہی یہ مجموعہ بغیر ترجمہ اور تشریح کے روحانی پیاسوں، سوامی جی کے معتقدوں اور شایقین کی بھینٹ کیا جا رہا ہے۔ توقع ہے کہ ناظرین اس کتابچے سے مستفید ہوں گے"۔ (ص:۴)

کتابچس منز چھُ کُل ۶۲ واکھ یِمن متعلق پریمی جین لیوکھمُت چھُ یِم آیہ تھاندٕ اُنی کتب خانس منز موجود قلمی واکھ پوتھی پیٹھہٕ ٹلنہٕ۔ یاسان چھ زِ ووج آسنہٕ کُنی چھِ یمہٕ طویل نظمہٕ تہٕ یِمے نظمہٕ چھِ الگ الگ واکھن منز باگرنہٕ آمٕژ۔ یِمن واکھن متعلق چھُ رتن لال شانت سُند یہ مطالعہٕ بڑٕ اہم:

''میرٕ زٕ کاکس متعلق چھُ پریمی جی'' واکھیہ'' مضمونس منز ونان زِ کاک جی ین چھِ ساسہٕ بُدی شعرٕ وُنی مِتی۔ ''ساسہٕ بُدی'' لفظٕ سِتی ہیکہِ غلط فہمی پادٕ گژھتھ۔ تِکیازِ خود پریمی جی لیس چھِ ہتھ کہِ اتھہِ آمٕتی۔ بہر حال چھِ یہ مبالغہٕ آمیزی۔ یِمن واکھ ونہٕ نِس چھُ صرف اکھ نمایاں ٹھۄرُ بتھہِ سُہ گوٚ ووج۔ ''بھنگ'' چھُ اکھ دلچسپ استعمال یُس بنہٕ شاید بیٚیہٕ کانٛسہٕ شاعرن ورتومُت چھُ۔ ''بھنگ یتھ اُسی کاشرِ پاٹھی'' بھنگ

ونو گو وپھِتھن یا ٹھۄر مگر شعرٕ ٹکر "شعر بنگۍ" یا "پدیا" "ژ پۆ" یا ڈپۆ" کُس معنہ یِس منز تہٕ چھنہٕ بیٚیہ کانٛسہِ استعمال کورمُت ۔ یہ چھُ عجب اتفاق کہ مرأٹھی یِس منز چھا اکس خاص شعر صنفہِ بھنگ ونان۔"

(سروانند کول پریمی: رتن لال شانت ۔ص:٦٨)

سانین ریشن نامن تہٕ حضرت شیخ نورالدین ریشی سٕنٛدِ کلامہٕ کین مجموعن منز چھےٚ نظمٕ "تیٚتھ مےٚ ورِدتو دیوو" پھِری پھِری درج کرنہٕ آمٕژ ۔ یہےٚ نظمٕ چھےٚ بنٛدٕ یا گۍ کُرتھ پریمی جی ین میرزٕ کاکنٛز واکھ ماننتھ شامل کرمٕژ۔ یہ چھُ بہرحال بحث طلب تہٕ تحقیق طلب معاملہٕ نظمٕ چھا اصلی حض شیخ سٕنٛز کِنہٕ میرزٕ کاکنٛز ۔ تمہ نٕہ ونٛی شعر مجموعن اندر شامل امہِ نظمہِ ہٕنٛدِس متنس چھُ کُنہِ کُنہٕ جایہِ پھیرٕ تہٕ حاتک ۔ وُچھی تو یہِ بنٛد (یُس پریمی جی ین میرزٕ کاکُن الگ واکھ مونمُت چھُ)

پدمان پورِچہ للے تمہِ گلےٚ امرِہت چیوٚو
تمہِ شِوُ چھ تھلہِ تھلے تیٚتھ مےٚ ورِدتو دیوو

(میرزٕ کاک)

غلام نبی گوہرن چھُنہٕ یہ بنٛد نظمہِ منز شامل کوٚرمُت تہٕ آفاقی صابن چھُ یتھہٕ کنٛی درٕج کوٚرمُت:

تتہٕ پدمان پورِچہ للے تمہِ گلے امرِتھ پوو
سو سانٛز اوتار للے تیٚتھے مےٚ ور دِتو دیوو

پریمی جی ین چھ امہ نظمہ ہندی اُٹھ بند واکھ مانتھ درج کری متی ۔ ییلہ زن اسداللہ آفاقی بن ۱۴ بند درج کری متی چھِ مگر غلام نبی گوہرن اُٹھے بند۔

## ۲۔ شایع سپد یمٕژ اردو شاعری:

پریمی جی سٕند بو فرزندو کرے اکھ شایع کرنہٕ آمٕژ اردو نظمہ ہٕنٛز فوٹوسٹیٹ کاپی فراہم۔ یہ نظم چھے "دلِ ناشاد عنوانس تحت جولائی ۱۹۷۶ء منٛز شایع کرنہٕ آمٕژ۔ نظم چھے گنوٗہن صفن پیٹھ تہٕ کل چھِس ۶۱ شعر۔ اتھ نظمہ منٛز چھُ شخصی راج موکلنہٕ پتہٕ پاڈٕ سپدیمتہٕ سیاسی تہٕ سماجی ماحولُک تصویر۔ شاعر سٕندِ کنہِ چھنہٕ آزادی آمٕژ یُس چھُ بُلبلس کشیر ہندِس بسکین درٕشنٛز علامت بناوِتھ پیش کران تہٕ یوہے بُلبُل (یُس بذاتی شاعر پانے چھُ) چھُ عوامی راجکی ستم باوِتھ دنان زِ اسی چھِ دُنہٕ تہٕ بیٚمن آویز۔ باغ چھُ لوٗٹنہٕ یوان۔ جدو جہد چھے جاری تھاوٕنۍ۔ تاہم چھے فنی لحاظہٕ یہ نظم کمزور۔ اکثر جاین چھِس وزن پھُٹان تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہ چھِس غار ضروری لفظ ورتاونہٕ آمتی۔ حالانکہ یُس فوٹوسٹیٹ کاپی مے دِنہٕ آیہ اتھ چھُ نوِسرٕ واریاہن جاین قلم ڈالتھ اصلاح کرنہٕ آمٕت یُس یمہِ کتھہِ ہند ثبوٗت چھُ زِ شاعرس تہٕ چھُ لغزشن تہٕ کوتاہین کُن دیان گوٚمت۔ توتہٕ چھُنہٕ اتھ منٛز جان شعرن ہٕنٛز کمی۔ نموٗنہٕ خاطرٕ وُچھو کینٛہہ شعر:

مرگ دیزی ہوگئی ہے اب کہاں وہ گلستان

آشیاں ٹوٹے ہوئے ہیں بُلبلیں بے خانماں
بے زبانوں پہ نشانہ باندھ لیتے ہیں سبھی
ظلم کو مظلوم پر ہی ڈھائے جاتے ہیں سبھی
یاد رکھ اے یارِ ہمدم وقت آئے گا ضرور
بے زبانوں کا خدا بھی جاگ جائیگا ضرور
گُلشنِ آزاد کا میں بُلبل مجبوُر ہوں
دِل شکستہ ہے تمنا اُس سے کوسوں دور ہوں
کمر میری توڑ ڈالی ہے رنج و آلام نے
اب دلِ ناشاد چُپ رہ وقت کا ہو منتظر
اِک نیا ہی دور آئیگا جہاں میں اور پھر

۳۔غاَر مطبوٗعہٕ مسودٕ:

ا: للیشوری: مےٚ آو لل دیدِ متعلق یُمس للیشوری تہٕ للہِ عارفہ تہٕ ونان چھِ لیکھنہٕ آمُت مسودٕ ہاونہٕ۔ مسودٕ چھُ اردو نثرس منٛز صفہٕ چھِس ارتہٕ ہہٕ۔ یموصفوٕ پتہٕ چھِس داٚریاہ کاغذ خالی۔ خراب دستخط چھُ ہاوان زِ لکھأے چھنہٕ خودِ پریمی سٕنٛز بلکہِ چھُ کُمی تام اصل مسودٕ پیٹھہٕ نقل کورمُت۔ اتھ مسودس پٮ۪ٹھ ناو ''للّی شوری''۔ دراصل چھُ یہِ اکھ زیوٗٹھ مقالہٕ یُس پریمی جی یَن لل دیدِ ہنٛدِ مجموٗعہٕ کلامہٕ باپتھ لیوٗکھمُت اوس۔ تمی یُس لل دید ہنٛد بن واکھن ہُنٛد مجموعہٕ

ترتیب دیتھ آمت اوس سہ آونہٕ مے ہاونہٕ اماپوٚز زیرِ نظر مقالس منز چھُ لل دیدِ ہنٛز زندگی متعلق تفصیل دِنہٕ آمت۔ واکھن متعلق کینٛہہ اختلافی کتھہٕ تُلنہٕ آمژ۔ حضرت شیخ نورالدین ریشی سٕنٛد بن شرٕ وکین متعلق اظہارِ خیال کرنہٕ آمُت۔ شرٕ وک تہٕ واکھ صنفن ہُنٛد بین تہٕ ہشر ژھارنچ کوشش تہٕ چھےٚ کرنہٕ آمژ۔ یہِ مقالہٕ چھُ خاص بخشس دوتُش دِوان۔ یمو کتھو علاوٕ چھُ اتھ منز لل دیدِ ستی منسوٗب اسطوٗری واقعن تہِ پھیر دِنہٕ آمُت۔ پٔرن والی ہکن امہِ مقالہٕ کہِ موادتہٕ مثتک اندازٕ اتھ منز درج یمو عنوانو ستی کرتھ:

للّی شوری نام کیوں۔ للہِ واکھوں کی ترتیب۔ کچھ واکھ پوتھی کے بارے میں۔ کچھ واکھوں کے بارے میں۔ للیشوری کے واکھ۔ للشوری اور نُند ریشی کا کلام۔ چند اختلافات۔ للیشوری کی زندگی کے بارے میں چند واقعات۔ اوٚم شو اور کمروٗ الفاظ کا استعمال۔ للیشوری کے متعلق تذکرے۔ للیشوری کا اصلی نام اور تخلص۔ للیشوری کے خاوند سے منسوب واکھ۔ واکھیہ اضافی شلوک۔ ضمیمہ۔

پریمی جین چھُ اتھ مقالس منز لیوکھمُت زِ سائنس خاندانس منز اُسی وٲریاہ پرانی قلمی نوسخہ کینٛہہ اُسی شاردا رسم الخطس منز تہٕ کینٛہہ پرانس فارسی خطس منز۔ یمن منز چھُ اکھ مسودٕ یتھ سائنس گرس منز "واکھ پوتھی" ونان اُسی۔ یم مسودٕ وٲتی اسلافوٚنش مے نش۔ یہ واکھ پوتھی چھےٚ ۱۹۴۶ اسموت یُس یوٚہے ۱۸۸۹ء ہیوٚ واتان چھُ تحریر سپز مو۔ اتھ منز چھ لل دید ہندی واکھ، میرزٕ

کأنٛز واکھ، ۱۰۰ ہ نامہٕ شمس فقیرنٕ تنمہ پٮ۪ٹھٕ ی سُنٛد کینٛہہ کلام، کینٛہہ ہندی تہٕ کأشرِ لیلایہٕ۔
مقالس منٛز چھےٚ یہِ کتھ تہِ دٕرنٛٹھ زٕ پریمی جی ین چھُ لل دیدِ ہنٛدی واکھن ہنٛز ترتیب
دِنہٕ وِزِ تمہِ کتابہِ ہُنٛد تہِ استفادٕ کورٕمُت، یوسہٕ للہِ واکھن تہٕ لل دیدِ ہنٛز زندگی
پٮ۪ٹھ مبنی ''لل دید'' ناوٕ ریاستی کلچرل اکاڈمی شایع چھےٚ کٔرمٕژ۔ چونکہ لل دید
متعلق پریمی سنٛز یہ کأم چھےٚ شایع گژھنہٕ نے لہذا اہیکہِ نہٕ اتھ پٮ۪ٹھ پوٗرٕ کتھ
سپدِتھ۔ یتھ اہم مسودٕ گوٚژھنہٕ یتہِ یورتہٕ شایع سپدنے روزٕن۔

ب: نٔوی تصویر:

یتھ مسودس منٛز چھےٚ شیےٚ مصرعہٕ والین یاہن بنٛدن ہنٛز اکھ سبٹھہٕ ہے
خوبصوٗرت تہٕ فنی لحاظہٕ پوٗنٛتہٕ نظم۔ یہِ کر چھےٚ لیٚکھنہٕ آمٕژ تہِ چھُس نہٕ کُنہِ جایہِ
درٕج۔ اماپوٚر نظمہِ ہُنٛد متن تہٕ مواد چھُ صاف ہاوان زِ یہِ آسہِ شخصی راج ختم
سپدِتھ فوری طور لیٚکھنہٕ آمٕژ۔ اتھ چھُ ناو ''نٔی تصویر''۔ آزادی ہنٛدی تہٕ آزادی
باپتھ لڑن والین ہنٛدی، تہٕ کشمیرِ کِس پرودٕگرمس، البانہِ وٲلِس جنڑس چھ
تعریف کرنہٕ آمٕژ۔ شاعرس چھےٚ حفیظ جالندھری سنٛز نظم ''ایک پہلو یہ بھی ہے
کشمیر کی تصویر کا'' تہِ ذہنس منٛز آسمٕژ۔

ہے یہاں اغیار کی وہ قصہ خوانی اب کہاں
اور چمن کے طائروں کی نوحہ خوانی اب کہاں
زرد چہرے اور الم کی زندگانی اب کہاں

ظلم اور جور و جفا چنگیز خانی اب کہاں

شادماں دِل شاداب یاں ہر جوان و پیر ہے
گلشن کشمیر کی یہ اِک نئی تصویر ہے

جب یہاں تحریر بھی تقریر بھی تعزیز تھا
اور جب ہر ایک "ہتو" بندہ تقدیر تھا
فاقہ مست اور تشنہ لب ہر جوان و پیر تھا
مست اپنے راگ میں جب مالک جاگیر تھا

اب یہاں آزادی تحریر ہے تقدیر ہے
گلشن کشمیر کی یہ اِک نئی تصویر ہے

☆

یہ مسودٕ چھ سبٹھاہ خوش خط لیکھنہٕ آمُت۔ مسودن منز چھے سروانند کول پریمی سنز بیا کھ نظم تہٕ لبنہٕ آمژ، یوسہٕ صاف ثبوت چھُ زِ پریمی اوس شخصی راجس خلاف تحریکہ منز شامِل۔ یہ نظم چھے "البانہٕ جنڈس" متعلق حالانکہ اتھ متعلق چھے مولانا محمد سید مسعودی سنز نظم سبٹھاہ مشہور "لہرا اے کشمیر کے جھنڈے"۔ پریمی سنز نظم چھے "ہل والے پیارے جھنڈے تجھ کو سلام میرا"۔ امہٕ نظمہٕ ہُند اکھ بند چھُ یہ۔

ہل والے پیارے جھنڈے تجھ کو سلام میرا

ہو تیری سر بلندی اونچا ہو نام تیرا

دورِ زمانِ نو کے راحت نشان تُم ہو

بے کس غریب عاجز کے پاسبان تُم ہو

طایران بے زبان کی قوتِ زبان تُم ہو

ہل والے پیارِے جھنڈے تجھ کو سلام میرا

ہو تیری سر بلندی اونچا ہو نام تیرا

☆

متفرقہ: سروانند کولن پریمی سنز دار یاہ کام چھے ونہ مسودن منز ے

مثالے

ا: انگریزی:

1.My holy fathter.

2. Tears of love and joy.

3.Spiritual doses.

4.Utternces of premi.

5. Mirza kak ji.

ب: ہندی: پرمارتھ شتک

☆

# تاج

خیالا پادشاہس ووتھ کمی کیا
حکومت پادشاہی زرتہٕ طاقت
مےٚ چھم سورُے نٕشت سورُے
کھوٚرن تل
ہیٚ بر وٕنہہ کنہِ ہوٚرمیأنی
میأنیٚ مسول
مےٚ چھم ٹاٹھ
نوٚر پزی پأٹھن جہانک
مےٚ چھم گاش
أش میأنی
میأنیٚ ممتاز
أمِس کیٚت اکھ نشانا
تیٚتھ تھوٚن چھم
بہ لوٚلس لول بری تھے
یُتھ کرس گتھ

مُرِتھ یتھ لول سوئے

زِندٕ روزٕ ے

مُرِتھ یتھ دُرس زگتھ

بیہِ لول وچھِ نے

مُرِتھ یتھ کھارِ مرتبہٕ

لول اسہِ دون

قیامژ تانٔ لولک روزِ پھیُرِ نا

☆

قلم ژٹن پادشاہن دراو فرمان

ژوپارٕ گیہ کربکھ ہو کوٗمژ

لرِ پھرن دُیت

خزانن دیار بٔرئ متی اَسی لوٗکو

یمن بس ٹھانہٕ گئے ؤتھ

مُزوٗرن شُنگ تہٕ اشن لام پیٹھ لَج

ہیُوٗتن لوٗلس مُجنن پؠو تانٔ یارو

☆

دیالن دیار وچھُ تہٕ جس آے وتمٹ

دیالن دیار وچھُ لوٗلس لول یوٗ رٔمت

دِپان دیارو چھ گری ہتی دور کِتاباہ
دِپان اکھوائنس پھِرتہ تاج بنہٕ نس

☆

چھُ وُنی کمِن تاج زوتان
دوہلہِ راتس
چھُ وُنی کمِن تاج پزی پاٹھی
تاج وطنک

نظم

یہ چھا لولُک نشان
کِنہٕ فن چھُ پریزلان
یہِ چھارامس پتے سیتاونن منز
یہِ چھا سیتا یہِ ژھنڈان رام جنگلن
یہِ چھا فرہاد دودِ کول اننہِ درامت
یہِ چھا شیرین لولس بوش کھالان
یہِ چھا مجلوٗنن کوٗد یارِ فلوا
یہِ چھالتس لالہِ ہنٛد ے داستان نوو
یہِ چھارانجھس گمرٕ ہیر ژھبنہٕ آخر
یہِ چھا کھیتن دِوان وٕنی ہیر لولس

یہٕ چھاہی مال ژھاران ناگٕ گرایس
یہٕ چھانأ گراے پراران ہی مالے
یہٕ چھاسے لول ووگنِتھ تاج زامُت
یہ چھاسے لول پرأنِتھ تاج وُرامُت

یہ چھاتس پادشاہ سُند لول پریزلان
یہ چھاتس حوٗرِ ہُنٛد پۄژ زنۆ دار دتان

یہ مامعصوٗم گولالن رتھ چھُ پیومُت
یہ ماکُملِن چھوکن ہُنٛد خوٗن یارو
یہ ماپچھے کانٛہہ مُزورانینٛد رِ پیومُت
اتھن ماموئنٛدِ چھےٚ ژھٔنٹ باکھ پۄتھرس
غریبس ماامالوٗس گومُت ڈاکھ
امارس مأتِمس چھے ڈٕونٛتھ پیومُت
اتھن مامہرینہ کانٛہہ ویوٗگ رأوِتھ
اتھن ماکانٛسہِ مہرازس قدم روو
اتھن ماکانٛسہِ چشمن گاش سوریوو
اتھن ماسنٛگ تراشس سنٛگ گومُت دِل
اتھن ماکانٛسہِ لوگمُت یاونس ٹکھ

اتھن ماکانسہِ گاٹہتی سؤری ارمان

اتھن ماکانسہِ بوچھہِ ہوٚت لال شوٗنگمت

اتھن مافاقہِ پھوٚرکانہہ کامہِ کھیوٗمت

اما پزٕی کنہِ یہ چھاپوٚزتاج سونے

امالوس یہ چھاپوٚز داج سونے

چھُنہٕ تاجس اُمی مزٕورن تاج دیُتمت

چھُ راجس اُمی مزٕورن راج دیُتمت

چھُنہٕ تاجس سنگتراشن وانس دِژہمژ

چھُ فنکارن پٹھنی وس گاٹجہژ وُچھہ

چھُ زوتان فن چھُنہٕ پریزلان پانہٕ فنکار

چھُنہٕ کھوٗدے پانہٕ عرشس کیا کلاکار

چھُ وُنی کینہہ پادشاہَن ناو موٗجوٗد

چھُ وُنی کینہہ دون دِلن ہُند لول موٗجوٗد

چھُ تمہ میٚرِ تل نیمہٕ کٕنہِ تاج زوتان

شونگتھِ تمہ نیمہ تاجس ڈبہٕ وو شلان

یوسے تاج دون دِلن ہُند میوٗٹھ ارمان

یوسے تاج سانہٕ وطنک توٗٹھ استان

("پاں ژادرِ" منز)

# بہ مرنہٕ زانٛہہ

ہے کمِسہٕ وۄن

سون لُوکٕھ مٕزی میٛ مۄد

سون دِلدار مۄد

سون غمخوار مۄد

أکِ شنٛیہ ترن وۄن

بہ دِمہٕ نہٕ پنہٕ نِس ٹاٹھس مرنہٕ

أکِ یتیمن وۄن

مےٚ کُس کرِ وونی اتھہٕ رۄٹ

أکِ بےٚ کسن تلٕ کٔرِ بکہٕ ناد

سانٛی آش سون راش

مرِ نہٕ زانٛہہ

اکھ گوٗ تمہٕ ماتھ آولاران

پھرِ یکہٕ ہوٚت وولیوٚ مُت

تمبلیو مُت

با۰۰ وان

سون ووستاو گو تمہٕ ماتھ

چھُ زِندٕ یکبار گوٚو

کُنے آلو

تہِ نہ سہ بنہِ زانٛہہ

سولنٕ لوٚٹھ پہِ یمی

عامتک پہِ یمی

ژھرکن پہِ یمی گامتک پہِ یمی

لولُک سئدٕ رتہٕ لولک آگُر

لولےٕ لول

وتہِ پکوٚنن ہُتمہ یار

سیرٕ بوج تہٕ رازدار

ژاٹہٕ شُر بن مُہِو پالہِ یار

ستی بوج تہٕ دوسدار

زِندٕ دِل تہٕ ژندٕ یار

بہ گوس ہُشیار

گاش چھُ نیٚبری آمُت

بٔری یہ چھ کھوٚنمُت

دوہ چھُ یور آمُت

(اقتباس)

# رام ژٔندرُن سُم سۆتھ

سبٹھاہ تھٔدی شِلپ کاٗرٕنی تٔتۍ نل
یِمن دون سۆتھ گنٛڈُن پۆزٲوس تیٚتھ بل
ہیۆتکھ سٔدرس گنٛڈُن سۆتھ وانٛدرو جان
انکھ اِدٕ شیلہٕ سٕنۍ پرٛوت پلوسان
تِمن اوس سارِنۍ شری رام شری رام
نظرٕ گرٕ رامہٕ ژٔندرن اوس ابکھر ام
بُنتھ گوٚو رامہٕ ژٔندرُن سۆتھ سبٹھاہ جان
ہرش گوٚو سارِنۍ پرٛوٗ کھتھ زرمان
گوڈٕنی توٚ درشُنہٕ شری رام چنٛدرٕ بگوان
تہٕ پتہٕ توٚ رو بیشن مت ژٕنا جان
پتہٕ سوگریوتہٕ سینا سارٕ لاران
تہٕ وانٛدرن والایان ژٕھالہٕ ماران

ژٕ یا متھ ویر وأتھ لنکایہِ سأری
بٹھِس پیٹھ سائرس نش آیہِ سأری

أتی ٹھیکانہٕ دیُت اِرامہٕ ژٔندرن
یتھُے پے وانڈرن ہُنڈ راونس لۆگ
تیتھُے گوس گیرٕ اِ ذلت تاونس لۆگ

("کوشُر رامایَن" مِنٛز)

☆☆☆

# دریودھن چھُ وَنان

سبھٲہ اۄس پانڈوَن سیٚنہِ چم خم
مناوان شاٹھ دِیانہٕ آسی بے غم
نظر اتھ راز دریودھن کران گۄو
گُرٕ ھیتھ نز دیکھ آچارَن وَنان گۄو
زیوان یُس چھُ تمِس اٚخر مرُن چھے
مران یُس تس زنم آسان درُن چھے
ژ زانان چھُکھ یہ یۄ دوے زیۄن مرُن کیا
کران شۄکھ کیازِ اِد چھُکھ چھُنہٕ یہ زیبا
سۄ مُے نِ اکرتھ تھوُن سۄم نیٚنڈ رِوِیو ہار
وہار گرٕ ھِ سۄم تہٕ بٮ۪یہِ گرٕ ھِ سۄم تھوُن یۆگ
ژلان سنکٹھ تہٕ دوکھ یُمہِ ستی سُے یۄگ

("بھگوت گیتایہِ" منز)

☆☆☆

# گیتانجلی منزٕ اکھ نظم

یتھ زگتچہِ دِویہ منز سالہٕ تتھ
چھےٚ میانٕ زندگی پھوٚجرٕ
میانو کنو بوٚزتہٕ میانوٕ اَچھوٚ چھ
یتھ دِویہِ منز اوس سےٚ دیابہٕ وانگُنک
کارمٹہِ کھوٚتمُت
وۄنی چھسے بہ پرژھان زِ
مےٚ ونتہٕ سہ ویلہٕ وۄتاہ
ییلہِ بہ اند رائٕ زِتھ چون درشُن کرٕ ہا
تہٕ
ژےٚ بروٚنہہ کنہِ نمہٕ ہا

☆☆☆

# واکھ

ووپواس دھارُن من گڑھہِ مارُن
پزٕ لولہٕ گڑھہِ اِد ژھارُن وٕ ے
تن من ناوِتھ ہر گڑھہِ گارُن
ژتھ دِتھ سپدُن تسٕ ستی لے

☆

لولہٕ اشہِ وانہِ ستا پاد چھِم چھلنٕ
دیہہ چھُم نمس ڈاٰلیاہ جان
بھکتی وسترتس چھِم ولنٕ
گور چھم سوزٕے سٕے میوان پران

☆

ووُمکار لُبِتھ ووُمکار زونُم
زونُم آسُن گڑھِم ستی

ستہٕ چھُم پانس نہ پٔژ زوٗنُم
نتہٕ اَسہِ مےٚ ستہٕ لتس ہوِی کتہٕ

☆

پننہٕ نی زِو بنیہ ٹارِی ٹاٹھو
ماری پننہٕ نی زِو اِد بوز
میٹھ زِو تھزرس کھارِی ٹاٹھو
زِوِ زِوِ کرنس ہوشَس روز

☆☆☆

# غزل

لوکچارِس کم تُتہٕ واٹلی گٲیم
گُس بوزبم آلمن اٹلی گٲیم

کرتام مے لولن آلو کۄر
زولانہٕ مے لولکو ناٹلی گٲیم

ییلہٕ ییلہٕ تہٕ آدلنہٕ یاوِ مے پیۆو
تیلہٕ چاکہٕ مے جگرس باٹلی گٲیم

یُس اورٕ شُتھرٕ تس لول یۆرُم
کٹھہٕ یارن باٹلی پوشہ ڈاٹلی گٲیم

چھم اندٕ اندٕ ونہٕ واں وِگنہٕ لگے
منہٕ کامن سیٚد یٔژ کاٹلی گٲیم

وُچھ پریمؔی لول شرٕ نگار کراں
امہٕ لولچ پانس چاٹلی گٲیم

☆☆☆

# غزل

پوشہِ ہیٚ یاوُن جوأنی روزِ ہے
ولولن میٹھ نوجوأنی روزِ ہے

پوشہِ ہے لولس مژر حُسنس شباب
ستی دوشہِ ؤ نی آن مأنی روزِ ہے

باوِہو یوٚد دأدی أندرِم اکھ أ ِکس
کیازِ اِۓ بدگُمانی روزِ ہے

حۆرِ دِل نیۆ ژۆرِ یوٚدوے سنگدِلس
محفلن منٛز تان سأنی روزِ ہے

زۆن کھینہِ کھوٚت یُس تمس لاریو وکیا
کیازِ آدم آسمانی روزِ ہے

آسہِ ہے یوٚد باغوانس صاف دِل
بُلبُلن دِل باپنہِ وأنی روزِ ہے

کانچھ پریمی آسے لولس وایہِ روٗس
حۆر و پرٛیین شادمأنی روزِ ہے

☆☆☆

## کتابہ نامہ

۱۔ سرواننّد کول پریمی (مونوگرافھ) مرتب: پروفیسر رتن لال شانت ۔ شائع کار: ساہیتہ اکاڑمی نئ دلی۔ ؤری: ۲۰۰۹

۲۔ کوشُر رامایَن: مترجم: سرواننّد کول پریمی۔ پبلشر: راجندر پریمی: ۲۰۱۲

۳۔ شریمد بھگوت گیتا (اردو): مترجم: سرواننّد کول پریمی۔ پبلشر: راجندر پریمی ۲۰۰۹

۴۔ شیرازہ مہجور نمبر: کلچرل اکاڑمی سری نگر

۵۔ ادبیاہ اردو تہٕ کأشرِ مسوٗدیم شایع سپدنہٕ پاراں چھہ تہٕ ونکین چھہ پریمی جی نین فرزندن نش محفوظ۔

۶۔ پریمی جی نہٕ کینہہ لوکچہٕ کتابہٕ یمن متعلق بنیادی زانہٕ پاتھان چھے۔

☆☆☆

(Monograph)

# SARWANAND KOUL PREMI



compiled by

**Ghulam Nabi Aatash**

Editor

**Jawaid Iqbal**

Assistant Editor

**Dr. Gulzar Ahmad Rather**

J & K ACADEMY OF ART CULTURE & LANGUAGES

**Jammu & Kashmir Academy of Art, Culture and Languages, Srinagar**